سرسوتی سمان یافتہ مراٹھی ڈرامہ

# کنیادان

مصنف:

وجے تینڈلکر

کاشر ترجمہ:

شفیع شوق

# کنیادان

سرس وتی سمان یافتہٕ مرأٹھی ڈرامہ

وِجے تینڈلکر

کأشِر ترجمہ

شفیع شوق

پین پروڈکشنز، نسیم باغ حضرتبل سرینگر کشمیر ۱۹۰۰۰۶

# کنیادان

سرس وتی سمان یافتہٕ مرأٹھی ڈرامہ

مصنّف

**وجے تینڈلکر**

کأشر ترجمہ

**شفیع شوق**

نأشِر

**پین پروڈکشنز**

نسیم باغ ، حضرت بل ، سرینگر کشمیر ۱۹۰۰۰۶

---

یہ کتاب آیہٕ کے کے برلا فاونڈیشن کِہ اِشاعتی اکھٕ واسہٕ کِس منصوبس تحت تہندی مالی اِشتراکہٕ پیٹھ پروڈکشنز کہ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ ——— ○

ناو : کنیادان (ڈرامہ)

مصنّف : وجے تینڈلکر

کأشُر ترجمہ : شفیع شوق

اشاعت : [redacted]ء

موٗل : ہتھ روپیہ

نأشر : بہن پروڈکشنز، نسیم باغ حضرت بل، سرینگر (کشمیر) ۱۹۰۰۰۶

خوشنویس : قاضی عاشق حسین سوپوری

پرنٹر : میکاف پرنٹرس سرینگر

ISBN 61-875 81-01-6



کنیادان ڈرامہٕک یہ ترجمہٕ
سٹیجس پیٹھ پیش کرنہٕ برونٛہہ چھُ مصنّف تہٕ ترجمہٕ کارٕ سٕنٛد
لیکھِتھ اجازت ہیوٚن ضروری۔

وجے تینڈلکر
بدری دھام، دیکشت روڈ ایکسٹینشن
وِلے پارلے (ایسٹ) بمبئی، ۴۰۰۰۵۷

شفیع شوق
پروفیسر اینڈ ہیڈ، کاشُر ڈپارٹمینٹ
کشمیر یونیورسٹی، حضرتبل، سرینگر ۱۹۰۰۰۶

یہ ڈراما آوگو ڈنکہٕ پھِر انڈین نیشنل تھئیٹر بمبی کہٕ اہتمامہٕ ۱۲، فروری ۱۹۸۳ء، بمبیہٕ ہنٛدِس شِواجی مندر اسٹیجس پیٹھ پیش کرنہٕ۔



| کردار | اداکار |
| --- | --- |
| ناتھ دیولالی کر | ڈاکٹر شری رام لاگو |
| سیوا دیولالی کر | سہاس جوشی |
| جیوتی دیولالی کر | سُشما تینڈلکر |
| جے پرکاش دیولالی کر | شریش آٹھولے |
| ارون آٹھولے | سداشو امراپورکر |
| وامن راو | ونایک آورے |
| بمبیر راو | وِلاس والاولکر |

---

ہدایت کار : سداشو امراپورکر

---

# گوڈنیگ ایکٹ

## منظر : اکھ

ڈُہچہ داہ کہہ بجے ہشز عمل،
مٔنزی ہہ طبقہٕ کِہن ٲکن ہشز اکہ بستیہ ہُند پرون بلاک،
لوکُٹ مگر شیرِتھ پأرا آوِتھ دیوان خانہ،
لبہٕ پیٹھ مہاتما جی، اچاریہ نریندر، یوسف مہر علی تہٕ سانے گروجی ہنہٕ
تصویرٕ الوٚنڈ،
ملکہٕ کِہن مختلف حصن ہشز نمایندگی کرن واألی لوکٕٹ بڈی وُچھنہٕ لایق چیز
تِتھہٕ پأٹھۍ سجأوِتھ زِ اژأنی چھُ یِمن کُن توجہ گژھان۔
کُمس پیٹھ چھُ دیوان خانک منظر سوکھ سو وتہٕ متأثر کرُن۔
ناتھ دیو لالی کر (یوٚہے شیٹھ وُہر ہیوٚ ــــــ مگر حبہٕ ہُشار) ٹیلیفونس
پیٹھ کتھ باتھ کران۔
جیوتی (وأنس ترٛہ وری) تہٕ جے پرکاش (وأنس ترٛوٚوہ ؤری) چھہ دوٚنوے
ناکھٕنہٕ شرٛی۔

جیوتی چھےٚ اُکھٕ کُن مأل؎ِ سٕنٛز کیٚنٛہہ تام سیکریٹریل کامہٕ ستۍ آوٕر، جے پرکاش چھُ کوٚسہٕ تام مشیٖن مُژرأوِتھ تھٕ تھہ شیرِان۔

ناتھ : (فونس پیٚٹھ بڑٕ ہیٚٹہٕ کتھ کران) ہیلو۔ آسن گام گرٛژھن واجینٛہ بس کرِژ بجہٕ چھےٚ نیران؟ ہیلو، آسن گاچ بس ...... پٔنٛے۔ آسن گام.... آ، آ، پٔنٛے، آسن گام،.... کیا دوٚپُتھ، یہ چھناہ بسہٕ کاہنہ؟، ہالٔنسہٕ تہٕ بنیاہ؟ بُس ہسہ چھےٚ۔ بےٚ ژٕنے ونان چھُسے..... ہے بےٚ تور گوٚمُت چھُس تھٕ بسہٕ منٛز...... یہ ہسہ چھس ناتھ دیولالی کر..... وودھا پرلیشدُک ممبر.... آ، نمستے، وٕمستے کرٕسہ پیٚتہٕ، گوڈٕ ونتم بس نیرٕنُک سمے..... کرِژ بجہٕ چھےٚ نیران ییٚتہٕ پیٚٹھٕ؟ (اژکھ ہوٚت ریسیور پٔتھٕر تراوان) ژھیٚون فون۔ گوڈٕ چھہٕ نمبرٕے رلان، لوٚگ ہے تہٕ کتھ تہٕ چھٕنہٕ پورٕ گرژھان۔ یمن چھہٕ پانٔس تہٕ پننہٕ بس ئٔرِوسہ خبر، تہٕ ووٚنی ژھیٚنہٕ لائین تہٕ۔ کمال وُچھو، دپان چھِم یژھ چھُنہٕ بسہٕ کاہنہ تہٕ پیٚٹھٕ چھِم کنٹرولر بنیمتۍ۔

جیوتی : گوڈٕ کیازِ چھو پرٕ ہتھ ساہ پرٕژھان فونس پیٚٹھ؟ کاہنہ چھُنہٕ سیٚود ونانی۔ لو ہہٕ ہے امیُک تجربہٕ چھُ۔ بھائی جان، بیٚیلہٕ ژٕنے گرٛژھن چھی آسان، تیٚلی چھکھ گرٛژھان تہٕ پرٕ ہتھ وزٕ چھےٚ بس تہٕ بنان۔

ناتھ : تہٕ نائے چھٕنہٕ کتھ۔ کتھ چھےٚ یتھ کنٛز زِ یمن چھُنہٕ پننٕن بٔس ئٔرِوسن ہُنٛد پیٚیی۔

جیوتی : فون کران کیٚتہٕ چھُ ننان؟

ناٹھ : تہٕ نأے چھِنہٕ کتھ۔ کتھ چھےٚ یتھ کنٕز زمین چھِنہٕ پننیٚن بَس سروسن ہٕنٛد پیی۔

جیوتی : فون کران کتہٕ چھُ ننان؟

ناٹھ : تہٕ چھِنہٕ سوال ...... کنٹرولرس گوژھہ ناپنہٕ ٹرمینٕہ پیٹھٕ نیرن واجنہٕ پریتھ بسہٕ ہٕنٛدپےٚ آسُن۔ سہٕ چھُکھہ نا اٗکھو کامہٕ پیٹھ تھووَمت آسان؟

جیوتی : ژٕہو چھو تیتھٕ پاٹھو ونان زنتہٕ تُکن پنیٚن فرض ژٕہتس یاوٕنہٕ موکھٕ ژٕہی یوت چھوٕ

ناٹھ : تُکوٚ چھُ اَسہٕ لوٚ زےناو دِیمت، دنیاہس ریپیر کرن واٗلی۔ مگر توٚہہٕ شُرین ما چھُ پےٚ زِ آزادی پژاوٕنہٕ برٛونٛہہ لُس تصور اسہٕ پننہٕ دلیشک اوس، سہٕ کیتھٕ اوس تہٕ از کیا چھُ ڈٕلنس تل یوان؟ ــــ ڈِس گسٹنگ، سخ دِہ کھ چھُ سیدان۔ (جیوتی کُن) ژٕ تھوٕ ٹھے میون لیمی آبہٕ دول بھرِ ماس چھِلِتھ؟ بیٚ مہٕ لٕہ گیوم شیونگ برش مُشتھے.... تہٕ آئینہٕ گمچھ ــ! لمپہٕ زُس مااندِ! یہند روزن آسہٕ تمن یتھو لوٕ کیٹلوٕ کیٹھ چیز منگتھو ما چھ روزان جان؟

(جے پرکاش چھُ ریپیرنگ کران لوٚتی پاٹھو کیاہتام پانسہٕ سیتی ونان)

ناٹھ : کہو چھُ کھ ونان؟

(جے پرکاش چھِنہٕ اتہٕ یور کینٛہہ تہٕ ونان۔ اکہٕ پھِر چھُس ناٹھس کُن وُچھان تہٕ بیٚنیہٕ چھ ریپیرنگ لاگان کرٕنی۔)

ناٹھ : کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُ پیواٗنے۔ اتھ مالس چھِم ولو باسِنٛز مثال ژٕہتس پیوان، یتھ پیٹھ اَسہٕ تہٕ نکُن پیٚز۔

جے پرکاش : ( رِپیرِنگ کران کران ) وۄنی گوٚو واریاہ ژیر ۔

( ناتھ چھُ لَس کُن پرٕژھل اَچھو وُچھان ۔ )

مطلب، ہتہ چھناہ بہٕ ہمہ چارٕی، تۄہے چھُسو ونان .... ( بیٚنہِ کامہِ کُن لگان )

ناتھ : نا، اَتھ بناہ چھُنہٕ بہٕ ہمہ چرٕی ستہ کانٛہہ واٹھ ۔ یہ ہا چھےٚ گاڑہ جارِچ کھتہ ۔
تہٕ زن گوٚو النسالنس گرٕژھ ڈسپلن آسُن تہٕ تیوٗتے یوت تۄگ ہٕ اَسہِ ۔ اِچارٕیہ
جاوِڈیکر چھُ پوٚز زُے ونان ناتھ چھُ عقل مند آسان مگر آسان چھ بے وِٹر ۔

( جے پرکاشس چھُ لوٚ تہٕ اَسُن نیرِتھ ژلان ۔ )

ناتھ : کیا؟ ناہٕ تہٕ پانٛٹھو اَس ۔

جے پرکاش : مےٚ لَنہ اوس نہٕ ۔ یہ اوٚسُس پیچ کڑان ۔

ناتھ : دۄ ہمو ہا شُرہ لو! یہ سیواکر واتہٕ احمد نگر پیٚٹھ یور؟

جیوتی : اگر پروگرام پکھہِ دوپہر تام موکلیوٚ و تیٚلہِ پکھہِ شام تام، نے تہٕ موج اَس
ونان اَزی صبحے کھہِ بجہِ تام ۔

ناتھ : مےٚ پیٚنہِ ساڑِ نۄہہ تام نیرُن ۔

جیوتی : گوٚو تیٚلہِ سمکھو تھُ !

ناتھ : پچھہ کھٹ ڈگوٚو اَسہِ یوٚہے ژھیپہِ ژھور گنٛدان ۔ سو ہرتہٕ زنانن ہندِس
کیمپس منٛز بمبیہِ تہٕ بہ پیارٕی تقریر کرہٕ کِس مِسلسلس منٛز پونا ۔ تہٕ
سو آسہِ پونا تہٕ بہ آسہِ سُمتا ناٗس منٛز اورنگ آباد ۔

جے پرکاش : اَسی نٕہ چھناہ یتی؟ لو ہہ اکھ اَکِس منٛز شینٛچھ واتنا ونہٕ موکھ؟

ناتھ : تہٕ ناچھنہٕ کھتہ .... اکھ اَکِس منٛز شینٛچھ واتنا ونی ۔ ناہٕ گرہستی تہٕ چھا
کانٛہہ کتھا کینہ نہٕ؟ سنٛخ آور بر چھُ ۔ اکھ پیٚٹھ تہٕ بیٚنہِ کُنہ ساتہٕ سوٚنچنےٚ ۔

جیوتی : تمہ باپھتھ پیٚیہٕ گوڈ لتو ہرٕ پنن پنُن آوریار اَکھتھ کُن تراوُن۔

ناتھ : پوٚز کیا بی چھکھ ونان .... مگر میأنی چورن بوتل ہٲوِتھے کِنہٕ ہٕ؟ نتہٕ پہٕ ...... ییٚیہٕ تیتھے پأٹھۍ ....

جیوتی : ہٲو موبیگس منٛز۔

ناتھ : تھینک یوُ، تھینک یوُ۔ ٹیڑے گوٚ بہراوس باش واشن چھُأتی پیوان۔ کیاہ کرِ، کُنہہ چھم نہٕ لگان بوزُن۔

(بے پرکاش چھُ وٚہ تھان تہٕ نیران)

جیوتی : (کھوٚژی کھوٚژی) بأے جان، مےٚ اوس لتو ہرٕ کینہہ تام.....

ناتھ : ونُن ؟ تہٕ ونان کوٚنے چھکھ۔ کأنسہِ کوٚر بیٚے ٹھاکھ؟ اَسہِ ہے گرس منٛز تہٕ ڈیموکریسی ہٲومژ چھےٚ تہٕ اکھ بیٹھ چھ مےٚ فخر تہٕ نیبرٕ مادوٚپ لگہِ شاہی تہٕ گرِ تاناشاہی۔ سارٕ چلہِ تہٕ ییٛتھ مکر۔ اَے ایم آل ایرس یوُ نو! (نیٚتھ پأٹھۍ بہان زنتہٕ بوزنہ موکھ تیار چھُ۔)

جیوتی : (سو چھےٚ وارے وارے کران) موج ..... موج آسہِ لیکانۍ۔ مےٚ اُس لتو ہرٕ دوہ لونٛزسے کتھ کرِنی۔ تہٕ زن گوٚو مےٚ پالنس مُتلق...

ناتھ : جان گوٚو۔ تہٕ ژٕھن وٗنہتھ۔

جیوتی : اُس ہنٛہہ۔ ییٚلہِ تہٕ دوہ لوٚے سٕمھتھ اُسو ..... تیٚلی وَلنوٕ۔

ناتھ : (ادِسأ (اسان) جان گوٚو، سیوا تہٕ آسہِ لیوانۍ .... (دگرِ کن وچھان) کوتاہ ؟ اوٚڈ گأنٹہٕ چھیاہ ژٕے سبھٹاہ؟

جیوتی : پنٛداہ منٹ۔

ناتھ : بس ییٚتۍ؟ ..... ادِسہ تہٕ دِتی۔ چانہٕ ماجہ ہنٛز ذِمہ داٗری چھےٚ

ژےٚ مٕٹہِ ۔ بہٕ زن گوو اگرٕ لتس ژیر گوو تیلہِ ......

جیوتی : پٔنٕ میٚہو پٔند ہو دوہ یوٗ ہیٚہٹہِ ووت میٚۓ سوچان زِ لو ہیٚہِ دوٗ شوٗنی ونہٕ....

ناتھ : باسان چھم ژےٚ چھِتھ گوڈے پوٗرٕ تیاٗری کٔرِتھ تھاوِمٕژ۔

جیوتی : ہُنٛہ دوہ لوٗ گرٛتھو وٕم یکہٕ وٕٹہٕ سمکھنٕ تیلی بہٕ.....

ناتھ : یہ ہیٚی دوٗ نٛتھ پوٗز زِ لوٗ ہیٚہِ دوہ ن شرٕ ن سٕتی یکہٕ وٕٹہٕ بیہنٕ کرٕ ہو کتھاہ باتھاہ، تِتھ چھُ بہٕ ساتھے سٔماں.... بہٕ یہ گوو نہٕ جان۔

جیوتی : واہ ۔اَتھ بہٕ چھُ اَلِگےٚ مٔزٕ "بہٕ یہ گوو بہٕ جان" یہ بہٕ ڈٔلوٗ تھی، بہٕ زن گوو واسہٕ تھاوِ و نہ کینٛہہ ونٛس سمب باتھے۔

(جے پرکاش چھُ باتھ ہوٗت شاٹ لاگان یوان بہٕ نیٚبرٕ مس برس کُن گرٛتھان۔)

جے پرکاش : مآج آیہ ..... یہ اَلوٗ سامان۔

(نٛیبر نیران)

ناتھ : سمیس پیٚہٹے واژ...... (تھوٚ دٔ وٕتھتھ روزان)

(جیوتی چھےٚ ڈٔہتھس درواز س نٛش وو دنی روزان)

جیوتی : (ژُنٛتھ سیوا بر داسس ہیٚہٹ کھو رتھوان چھےٚ سو چھےٚ لتس کو مہ رٹان۔)

سیوا : (جیوتی پتہٕ پتہٕ ناتھس وُچھتھ) میٚۓ اوس باسان تُہۍ آسو دٔراہِتی۔

ناتھ : بہٕ زن گوو ژےٚ یہ لوٗ ژُھتھ بہٕ سپدٕ بہٕ ۔چون دراوابرٕ، تِتھ ہیٚہٹ چھُ میٚۓ افسوس۔ ووٚن گوو بس نیرٕ ڈوہ ڈٔ بجہٕ، معاًفی دی زٕ م، مگر، ڈوڈ بجہ نیر۔

سیوا : اِچھا، اچھا، بس نیرٕ ژیری پہن، تُوےٚ چھو تُہۍ ییٚتھو۔

ناتھ : اِدِ کیاہ، نہٕ کیاہ بہ روزٕ ہا ییٚتھو نےٚ آشنہِ ہٕنٛزٕ وٕ بہٕ وچھان، تیوت کیاہ

گیوم ؟ آشنہٕ ہنٛد اِنتظار کھوٚتہٕ چھُ زیادٕ اہم وطنٛک ناد ۔ (پانہٕ چھُ اسان)

(بےٚ پرکاش چھِ ماجہِ ہٕنٛد سامانہٕ ہیٚتھ پکان اَتھو لوان تہٕ نیران ۔)

سیوا : نہ نہ ۔ تہٕ مہ وُلو، ڈٲپو تقریر بازی ہُنٛد لشہٕ ۔

ناتھ : نہ، بیٚہتہٕ پاٹھو وُلوزِ منےٚ چھےٚ پنٕنہٕ آواز بوزنی خوش کران ۔ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک ۔

جیوتی : "تہٕ پہٕ گوٚو سخ ناکارٕ" وُلو، ونان کوٚنہٕ چھو ؟ خراب کتھ تہٕ چھو نہٕ وونان تہٕ پتہٕ چھو نہٕ تتھ خراب کتھ ونان ...... پتہٕ چھو ونان بہٕ چھُس ڈیموکریٹک ۔

سیوا : یہ ڈیموکریسی آیہٕ کیٚتہٕ پاٹھو، تہٕ یرٔژھ منےٚ ۔ اگر یم ڈیموکریٹک آسہن تیٚلہِ ما آسہا بہٕ بیٚیہ کانٛسہٕ باگنہِ آمٕژ ۔

ناتھ : آ ..... ژےٚ اَسےٚ فٲصلہٕ نیٚنہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ آزادی ۔

سیوا : پوٗز چھُہ، ووٚں گوٚو اگر نہ بہٕ انکار کرہا، یم آسہن سنیاس نیٚتھ ہمالیہس کُن ژٕلی متیٚ ......

ناتھ : ...... زنتہٕ سانہٕ کھوٚژناوہٕ ستی کھوٚژی ہیٚتے اسہٕ ستی نیٚتھ کرُن موٚنمت چھُکھ ۔

سیوا : اِدکیاہ، ژےٚ چھُ برم زِ منےٚ مانیو پننہٕ یرٔژھنہٕ ؟

ناتھ : اکھ کتھ ونَم بی جیوتی ..... یمن دوہن اَسی اکھ زِ لیپدِ یمن منژ اِنسٹرکٹ اَسی اَسی یمن نش تھاۓ ڈیا فورکتھ ریٚنگ ورکر، ووٚں گوٚو زِ نیٚتھ گیہ تو تہٕ اَسی ۔

جیوتی : (ناتھس آیہٕ ) تہٕ پہٕ گوٚو سخ ناکارٕ ۔

(ساٗری چھ اسان ۔ جے پرکاش چھُ اندر ترلیشہٕ گلاس ہیتھ یوان تہٕ ماجہٕ لُش وودنی روزان ۔)

سیوا : (ترلیش چیھتھ) تیلہٕ باسیولو ییتھ ۔ لفز چھُ ییتھ پاٹھیٚ "جانہٕ" برونٹھہ کُن مابہٕ منتری ونتری ۔ بنہٕ ہے ہے تہٕ رُتے گیوو ۔ مگر تہٕ چھُنہٕ باسان جنتا پارٹی ہنٛز ہپسر ٹرسرکار آیہ تہٕ گےٚ ، مگر یم رُودی تتھی موموِلی ایم ایل اے ۔

ناتھ : تہٕ دِساٗ ذسوشلِسٹ سرکار بنہٕ پتہٕ وُچھتہٕ ۔ چھ کم ییتہٕ کرسی نہٕ واٗل؟

جے پرکاش : (لوتی پٲٹھن) مزدار سوپن .....

ناتھ : اہن ساٗ ، تتھی سوپن ۔ اسہ چھےٚ چمتکارن پیٹھ پزھ ۔ (کیتھتام یاد پیتھ گرکُن وُچھان) ملاے گاڈ ۔ (سیوا یہٕ کُن) دوپمو ، جیوتی ٹاچھ چھُ اَسہٕ کیتھتام ونُن ۔ یانے لگ ہہ تہٕ اَسہٕ اَسی چھنہٕ پانہٕ واٗفی زانٛہہ پکہٕ وٚتہٕ میلاٗ ہے ۔ اوِ کنہٕ چھُ اَمہٕ ستی وُنی اَپوینٹمینٹ تھوومُت ہیتھ ۔ پنٛدہٕ ہن منٹن ہُند ..... (جیوتی کُن) پنٛد ہے چھنا ....؟ اَسی کرومن ستی کتھ ..... اَسی بوزو اَمی سُند ۔ (جیوتی کُن) تِ ساٗ ۔ اد ساٗ تیلہٕ (سیوا یہٕ کُن) تُہی بہِو لو ہُتھ کرُسیہ پیٹھ ژھوپہ کٔرتھ پنٛدہن منٹن ۔ یہ (بیٚنِس کرُسیہ پیٹھ بہان) بیٚنہٕ بیٚتھ ۔ (جے پرکاشس کُن وُچھان) تہٕ یہ صاحب (جیوتی کُن) یمن دِمو ییتو بے روزنہٕ ؟

جے پرکاش : یہ گرژھو چاے بناونہٕ ۔ (اندر گرژھان)

ناتھ :- (جیوتی کُن) فایر (سیوا یہٕ کُن) ہاو اِز دا میہلا شور؟ کیمپ کیٛتھ رُود؟ زنانہٕ آسا جانہٕ؟ میٛون مطلب چھُ رِسیپڑے آسا؟

سیوا : ساریٔے تہٕ آسہٕ نہٕ ، وۄں گو وزٕ ژور آسہٕ ضرور سیریس یِم ریپٹیو بالے یِہ۔

ناتھ : تتژ ژور تہٕ ہے آسہٕ تہٕ ناکارٕ چھُتہٕ کینہہ ۔ ناٹ بیڈ۔ سائنس ورکرز کیمپس منز آسی ساری پنشراہ پیٹھٹی پہن بُڈٕ۔ جوانن منز اوس سارٕوٕے کھوتہٕ جوان یَنُن یہ ژٕتجیہہ وُہر وامن بروے۔ تہٕ گیون اوس "تلوجنڈٕ کرانتی ہُند ساتھیوا!" کپارٕی تُلہٕ ہن کرانتی ہُند جنڈٕ ؟ گوڈٕ یتلہٕ نہٕ تُلن ووے اوس کانْہہ۔ وۄں ہے تُلہٕ تہٕ کانْہہ سُہ ہیکیاہ تہٕ اتھ ؟ سارٕنے گرز چھکھ سلپٹ ڈِسک۔

(جیوتی چھے ووٕدنی بوزان)

ناتھ : یَس ، ژٕ کیاہ وۄدنہٕ روٗزِتھ وُچھان ؟ او ہو ہو آسے سی، ساری۔ نہ سہٕ پزٕی سواری۔ پزٕی گیم جیوتی غلطی (سیوا یہٕ کُن) دوٕ ہمو اُسی ہے بیچھا یہ ہیمی سُند بوزنہٕ تہٕ اُسی ..... (جیوتی کُن) جیوتی بیٹے وِی اپولوجائز۔ ناو یُو سٹارٹ۔

سیوا : (تھوڈ وُتھتھ) یہ یمو وگوڈٕ اَتھ بُتھ چھلِتھ۔ سفرس اُسس نا یکیا آیس...

ناتھ : (تمُس اُتھس تھپھ کٔرِتھ پتھ رٹان) لو لو، مے" وات نیرُنک وق۔ تہٕ پَتہٕ روزِ ہیمس بیٔیہٕ اسہٕ دوٕن یکہٕ وٹہٕ سمکھنک انتظار۔ ونکہن نہٕ بیٔیہٕ کُنِہ۔ وِی لسن لوٹھیو (جیوتی کُن) اد سہ ونان گژھ۔

جیوتی : نہ ماجہ دِیوا اَتھہٕ بُتھ چھلنہٕ۔

ناتھ : نہ سا نہ ۔ اُسی بوزِ وگوڈٕ ژٕ کیاہ چھکھ ونان۔ ساری ہے دُنیا ہس کُنھ ہے اُسی لوٹ کران چھہٕ تہٕ اسہٕ آسہٕ نا پننِہ شرہن کُنھ سمے۔ اسہٕ پزٕ پانس مول موج وننس پیٹھ شرم یِہ۔

سیوا : اَدِ ساتہِ بیہِٹھس۔ ٹلی چھُوا وِ یُور چہ کیتھ کرِتھ سمے راوراوان۔ ووں لوٗزی لو۔ اَدِ بی وَن۔ جیوتی۔

جیوتی : (بیہِتھ یوٗ ہے کھوژان ہیوٗ۔) مےٚ چھُنہٕ پے پہ چھا تہٕ ترٛشھ کاشہ کیتھ تہٕ .... مےٚ چھُنہٕ پانس تہٕ بوزن لگان ..... مطلب مےٚ چھُ کھانٛدر کرنُک فأصلہٕ کوٚرمُت.....

ناتھ : (ووٚ سنس ہیوٗ بیتھ) کانگرہٕ چو لیشن۔

سیوا : (حأران گژھتھ) فأصلہٕ کوٚرمُت؟....

ناتھ : (سیواہٕ کُن) کیازِ؟ اَتھ پیٹھ کیاہ ایتراض چھُ۔ شی ازِ میجر ناو.... لوکٕٹ تہٕ چھُنہٕ......

سیوا : یہ کتہٕ چھُس دَپان شُر چھےٚ؟ ژِ وَن یَنٛن۔

ناتھ : یہ کیاہ وَنہٕ؟

سیوا : یہ ما اُس اَسہ ووہ مید؟

ناتھ : چأنی جوان کوٗر مارونہِ ہے .... وأنسہ.....

سیوا : (اژکھ سان) کتہٕ کیتھ بے مانے بناونس مشٕرِ چھو تُہۍ ماہر۔

ناتھ : تُوے تہٕ چھُس سیاستس مشٕرُ دِتھ۔

سیوا : مگر یتہٕ ماچلاٰوِ و گرس مشٕر پننہٕ سیاسہٕ۔ کوٗر کیاہ چھُو نان۔ تہٕ بوٗزِو۔

ناتھ : بوزان ہے چھُس تہٕ۔ ژٕ ے چھکھ بحث ترٛلان۔ (جیوتی کُن) اَدٕ وَنی پنُن گوٚبُر۔ لڑکہ کُس چھُ؟ کُس چھُ سُہ شہزادٕ؟

(بجے پرکاش چھُ چایہ ٹٕرے ہیتھ اژان۔)

(جے پرکاشس کُن) ژٕ نہٕ بیٚہہ سا یٚیتی نٕے۔ بوزا کھ گُڈ لگوز۔ پننہٕ
جیوتی ہُنٛد کھاندر چھُ اندیو مُت۔ جیوتی وَنِی ژٕ کُس چھُ سُہ؟
ووں مے دِکھتہٕ زیادٕ زیٚھر۔

(سیوا چھےٚ سنجیدٕ ہش)

جیوتی: (پریشان مگر سنجیدٕ) تمس چھُ ناو اروٗن آٹھولے۔

ناتھ: (ز نتہٕ حبس ہوش راوِس) براہمن چھےٚ؟

جیوتی: نہ سُہ چھُ ڈٔلت۔

ناتھ: (پُرجوش پأٹھی) مارولس۔ سرنیم لگوٗزِتھ باسیا یوم برہمن چھُ۔

جے پرکاش: کیازِ۔ برہمن ہے آسِہ ہے تیلہٕ کیا سپدِ ہے؟

ناتھ: سپدِ ہے نہ کنہہ، اگر پننی ذاژ منٛز کھاندر کرِ ہے مےٚ باب ہے نہٕ زیادٕ ژٕتہ۔
..... پوز چھُسو وَنان۔

جے پرکاش: یہِ گوٚو ناہ بیٚیہِ طریقک ذاتھ پاتھ؟

سیوا: (سنجیدٕ پأٹھی) پرکاش ژٕ کر ژھوپہ۔ (جیوتی کُن) کیاہ چھُ کران سُہ؟ روزان
کتہٕ؟

جیوتی: پنٛنی لگوٗناہس منٛز۔ بی۔ اے کے ٹرس کران۔ بیٚیہِ چھُ پارٹ ٹائم
سروِس تہٕ کران۔ 'مزدور سماچارس' منٛز۔

سیوا: ژےٚ نہٕ کتہٕ سمکھےٚ؟

جیوتی: سماج وادی وِچار منڈلس منٛز۔ لۆ ہے ریتھ جوراہ وأرتس لتر یوان۔

سیوا: مول موج کیا کران؟

ناتھ: اُے آوبجیکٹ لگوٗڈِس کوٗیسچن۔ مول موج آسی تن کینٛہہ نہٕ کران یا کنہو

نہ کران۔ اَسہِ کیاہ؟ اَسہِ چھُ لڑکس ہیتو۔

سیوا : یہ ییٚتہٕ چھس لڑکس مُتلقے پرژھان۔

جیوتی : مول موج چھس دوہ لُوے گامہٕ۔ کر ہاڑے کے پاچھُ چرولی ناوُک اَکھ گام۔ یَتہٕ چھُکھ کم کینٛشہ ہاہ زمین تہٕ۔

سیوا : شُری کُرٚتہٕ یمن؟

جیوتی : سَتھ ..... اَرون چھُکھ دوہ یُم۔

سیوا : (پریشان تہٕ ژھوپہ پھُرڑ آوِ ہتھ) بوڑ بوے کیاہ؟

جیوتی : بوزوَے تہٕ کُنہہ نہٕ۔

سیوا : کیازِ؟

جیوتی : سُہ چھُ تیٖتھے۔ اَرون اوسُم ونان۔ مول چھُکھ زمینس ہیتی کران مگر تمہ منٛز چھُکھ نہٕ گذارٕ کینٛہہ لِکان۔ اَرونس چھُ پرہتھ وُرِی یہ گرٕ ہیوان پوٗلشہٕ سوزُن۔

سیوا : یم تیٚتۍ مہٕ بأے چھس، تِم کیاہ کران؟

جیوتی : یِی خوش کرِ بکھ تِ چھِ، ہیچھان پوٗز تِم تہٕ چھیٚنہٕ کُنہہ کران۔

سیوا : اَدٕ تیٚلہِ آسکھ قرضہٕ تہٕ واریاہ؟

جیوتی : آسِکھے۔ ووں گوو کوت، مےٚ پرٕژھمکھ نہٕ۔

سیوا : تہٕ زن گوو سورُے بار چھُ اَرونس پیٚٹھے۔

جیوتی : آں۔

ناتھ : یہ چھےٚ اَمہٕ طبقچ اَکھ ٹاکارٕ مِثال، بیٚیہٕ کیاہ چھُ خاص اَتھ منٛز؟

سیوا : مےٚ دی لو گو ڈِکھتھ کرنہٕ۔

ناتھ : ضرور .... مگر دَلِت سماجُک لڑکہٕ وننس پیٹھ ....

سیوا : مےٚ گرٛژھ ناپیٛٹرٕ ہَن تہٕ خبر آسنہٕ ؟ ...... مےٚ چھوٕچاٚر زانان ؟
(ناتھ ییٚلہٕ ژھوٚپہ چھُ کران ، جیوتی کُن) یہ لڑکہٕ کرٕے پیٹھ زانہن ژٕ ؟

جیوتی : یوٚہے دوٚہ یوٚر رتوٗ پیٹھ ۔

سیوا : لڑکہٕ چھا گاٹلۍ کیٚنہ نہ ؟

جیوتی : چھُ مگر سیٹھاہ نہ کینٛہہ .... نظمہٕ چھُ رژٕ لیکھان مےٚ آیہ تٕمٕنزٕ
نظمہٕ پَسند ۔

ناتھ : وُچھتھ ۔ امہ طبقہٕ کین لڑکن چھےٚ شاعری ہنٛزٕ اور رٕے صلاحیتھ آسان ۔

جیوتی : ازکل چھُ سُہ پننہٕ آتم کتھ لیکھان ۔ ییٚلہٕ مےٚ پرٛ مےٚ باسیوٚ یہ
ہیکہٕ تٕمٕنزٕ خوٚشیہ موکھہٕ کینٛہہ تہٕ کٔرِتھ ۔

ناتھ : شاباش ، جیوتی !

سیوا : (ناتھس کُن) مےٚ دِلیوٗ ناونہٕ ؟ (جیوتی کُن) مزازٕ کیٚتھےٚ چھُس ؟

جیوتی : ییٚتہٕ ہیکہ نہ وٕنِتھ زِ سیٹھاہ رُت مزازٕ چھُس ووٚن گوٚ ولیوٚ تام مےٚ
زون خراب تہٕ چھُس نہٕ .... مطلب لیوٚ تام کم کاسہٕ مےٚ زون ۔

سیوا : پرٛژھ کرنس لایق چھےٚ ؟

ناتھ : آے اوبجیکٹ ۔ پرٛژھ کرٕنس لایق نٕے آسہےٚ تہٕ میانٛی کوٗرٕ کرٕہے
ہا ییٚتھےٚ لٕتس سٕتۍ کھاندر کرٕنک فٲصلہٕ ؟

سیوا : سُہ چھُ دَلِت تہٕ میانہٕ کتھہٕ چھُنہٕ اکھ سٕتۍ کانٛہہ واٹھ .... مےٚ چھُ
ییٚتہٕ زانُن زِ سُہ شخص چھا پرٛژھ کرنس لایق کیٚنہ نہ ۔

جیوتی : مےٚ چھُ پانس بٕہنہٕ زِ لتس پیٹھ ہیکو پرٛژھ کٔرِتھ ۔ تمۍ ہنٛزٕ نَظمو

تہٕ تمہٕ سُنٛز آتم کتھا یہٕ دیُت مےٚ پوٗرٕ یقین۔

سیوا : گوو نا یِیٛژرٕے زان تھاوِنس بیٚہہ کوٗرِ تھ ژٕ ےٚ تٔس سیٚتۍ کھاندر کٔرُن ٹلے تہٕ ترأوِتھ سأرِے فکر ؟

ناتھ : اَسہِ دوٚن کوٚسہٕ کیٛتھ اُس تِژھ یِتھ بیٚہہ پٔژھ ہیکہٕ ہوکٔرِتھ زٕ ژٕ گیا یکھ کھاندرٕ بایتھ راٚضۍ ؟ تمہٕ وِزِ اُس نا اَسہِ دوٚشوٕنی صِرف گنڈٕ باشے یأژ؟

سیوا : سأنۍ کیٛتھ اُس وٕکھرٕ۔ بہٕ اُسس لوٚکہٕ بیٚہہ وارہس کالس نظر تھأوِتھ۔ تُہہ مہٕ روٗزِ تیٚلہٕ تہٕ اژۍ چہٕ غلط فہمیہٕ منٛز۔ (جیوتی کُن) جیوتی مےٚ کیا بی زانُن تِگان زِ ژٕ چھکھ جلد بازی کران۔ لوکہٕ نے وُنہٕ اکھ اکِس زانان زٕ رِتھ تہٕ گیہ وِ تہٕ ژٕ ے نے وُنہٕ تسنٛز پوٗرٕ پاٹھۍ کتھ پَے چھے تہٕ یہٕ کینژھ ہاو پَے چھے تہٕ تٔتھ بیٚہہ چھےٚ زیادٕ کاٗہہ سَتھ نہٕ .....

ناتھ : اوٕ کتھ کر بیٚینہٕ زٕ ژور وٕری ژٕنڈ! پوٗرٕ پوٗرٕ کرزان تہٕ پتہٕ کرامیٛک سرنتھ مطالعہٕ۔ تہٕ اَدٕ کر کھاندرس بیٚہہ غور۔ نان سینس!

جے پرکاش : اتھ منٛز کیاہ نان سینس چھُ؟ کھاندر چھُ وأنِشہٕ ہُنٛد رشتہٕ آسان۔

ناتھ : ژٕ ے وُچھتھ کاٗہہ تہٕ تمی وِزِ کٔرِتھس دِلس منٛز جاے۔ کیا بی چھُنا ہ سپدان ؟ برخوردار ژٕ ے نہٕ ہے اَمیُک تجربہٕ چھُے؟ بایا یہٕ نہٕ باچھےٚ بڑی بڑی زانِنچ کتھ۔ دِلس تہٕ دِلَس چھے پانہٕ وٕنۍ ملہ زار سپدان۔ لوٗزِ تھ؟

جے پرکاش : یِژھ کتھ چھیٚ نہٕ تہٕ جیوتی تہٕ چھےٚ یہٕ وَنان۔

ناتھ : بی آسہٕ سپدمُت۔ تِی یے جیوتی؟

(جیوتی چھے کلہٕ ستی لنکار کران)

جے پرکاش: وُچھوا۔ یہ چھو اِنکار کران۔

ناتھ: کیاز، تہند پریم دریلوو ناکینہہ؟

جیوتی: مےٚ چھُنہٕ تہٕ پےٚ۔ اَروِنن پڑژھام زِ مےٚ ستی کھانَدر کرُن کوتاہ خوفناک آسی باسان؟ مےٚ دِپیامس اَتھ منز کوسہٕ کُنہہ چھے خوف؟ تمۍ دۄپنم یہٕ چھُسے نہٕ اَکھ کنڈم انسان باسان؟ مےٚ وۄنمس نہ۔ یہ بوُزِتھ دۄپنم جارِتھ چھُ تہٕ اوِ کنہٕ ژھنو اَسی کھانَدر کرِتھ۔ مےٚ ہوٗوس کلہٕ ستی اِدکیا۔

ناتھ: (زنانہٕ کانہہ ترژھ کنھ چھے نیٚبیح نہ آشی آسہٕ) ژٕے وۄتلیوٚے ناہ دِلس منز طوفاناہ وُفاناہ کینہہ؟ (جیوتی ییلہٕ کلہٕ ستی اِنکار کورُس) رگن منز ژینہتھ ناسۍ رنگو لغمہ کنہہ تہٕ؟ (تمۍ ہندِس بییہٕ انکار ہاوِنس پتہٕ) خاموش جذباتن ہُند طوفاناہ؟ (سو چھے بییہٕ اِنکار کران۔)

جیوتی: لوٚزہے لوٗزو یہ پھس پانہٕ راوان ہِش۔ زنانہٕ کاَنسہِ پڑژھمت آسنم چاے چیکھا۔ تمہٕ پتہٕ اوس مےٚ یہ سورُے غلطے باسان۔

سیوا: (سنجیدہٕ گژھتھ) واَنسہِ ہند اثر اوس منز چھنہٕ کانہہ گینڈ نہٕ ہنا۔ جیوتی۔

جیوتی: ماجی یہ اَسس واریاہ سنجیدٕہ۔

سیوا: وَن بی تیلہٕ ژٕے کوسہٕ کاٹہ جارچ کتھاہ کرِتھ اَکھ منز؟

جیوتی: باسان چھم کاٹہ جارسے ہیٚنژم کام مگر منزی چھم باسان سرو سےٕ نٕٹے خرِل چھم کرِمژ۔

سیوا: ژٕے ہبی پھُتھ وُتملی لوگمت .... جیوتی ......

ناتھ: ژٕیُس یہ پَنُن فاصلہِ چھُکھ بوزناوان اَتھ منٛز چھُکھ ناژِ وُتھبلی؟ اَسہِ تِ وُنِہ یِتہِ چھُ زُونمت زِ لڑکہِ چھاکرٕ ہُن کینہ پڑوَن.... ؟
(سیوا چھےٚ تمن ژکھہٕ ہٕژ ونظرو وُچھان۔)

ناتھ: یہ چھُساہ کینٛہہ غلط ونان؟ پوٗزوَن۔

جیوتی: یہ اتھ سٕہ لق ہیہ سمکھاونہ پوٗری۔

سیوا: یِیہِ ہےٚ نہ اُسی وُچھونےٚ ووں گھوو کھاندر کرنہٕ وزِ ہیزِ اُکس لڑکہِ کنہی نےٚ تہٕ پوٗ تاہ وُ چھنےٚ زِ لڑکہِ چھا پننین کوٹھن بیہٕ ٹھکہنہ نہ۔ کُنہ کینہ پرزِ دینہکین رسمن رواجن ستہِ نہ پکُن.... اُخرےٚ کھاندرٕ چ کتھ چھےٚ!

ناتھ: اگر براد کرنہٕ یِیہ زُونک طریقہِ بدلاوُن چھُنہ کانٛہہ مشکل نہٕ بیہٕ ٹھ ہیکہِ پرٕ ہتھ النسائس لنش پننین کوٹھن بیہٕ ٹھ کھڑا۔

سیوا: یہ ’کیازِ نہ‘ آسنک سوال کتھ بیہٕ ٹھ؟ یہ تہٕ وُچھو زِ تمہٕ سٕنز مالی حالتھ کرٕ ژھ چھےٚ۔ تمس بیہٕ ٹھ کوتاہ بار چھُ!

ناتھ: سُہ نےٚ ذمہ دارین ہُندِ یار ہیکہِ ژالتھ پننہ جیوتی کمایہ تس کرٕ ژھ رچھہِ۔ سو ما روز ہاوس والیف بُنتھ گرس منٛزےٚ؟

سیوا: (لوٗ ہےٚ تنگ ہیوٗ یتھ) مگر لڑکہِ وُ چھےٚ کیتہِ پاٹھٕ چھو تہٕ لتسٕنز و کالتھ کران۔ ژےٚ کتھ بیہٕ ٹھ جیوتی ہند کھاندرٕ چ بامبر؟

جے پرکاش: پتہٕ چھُ پوٗزٕے بابا.....

ناتھ: اِدِ ساہٕ تہٕ مےٚ ووت لسہ ہُند ٹایم۔ یہ دڑاسو..... ووں کوسہ تجویز سینٛز منظور؟ لوٗ تام نہ لڑکس سمکھو تو تام روز و اُسی وُتہ وُچھان بگر تمہ پتہٕ تہٕ کیاہ کرُو؟ (جیوتی کُن) ژےٚ تہٕ چھتھ فاصلہ نیوٗمت

...... چھُھ نے ؟

سیوا : پَتھ کیاہ گوو تَتھ بیٹھ بیہ نا بێیہ سر نہٕ سوچنہٕ ؟

جیوتی : خبر ! ووں گوو بہٕ چھس تُہنز رائے زاننہٕ یژھان۔ لوٗزیہ پرٕ ہے
مےٚ گووڑے زاننہٕ، مگر یہ سورُے سپُد ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔

ناتھ : کٔنہہ چھُنہٕ پروا۔ جیوتی اِڈونٹ ورِی۔ اَسی ہے بیٚیتھ چھ۔ جے پرکاش،
تلا سامان تُل بێیہ وُچھنہٕ رَکشہ۔

( دو لوٗے چھ نیران )

سیوا : (جیوتی کُن) مےٚ چھُنہٕ اَتھ پیٹھ بێیہ کینہہ وَنُن زِ سُہ چھُ دَلِت۔ تُرے
چھے بیٚی زِ بہٕ تہٕ ناتھ چھ دو لوٗے بیتھو وٗرِی یو بیٹھٕ چھُوا چھُس خلاف
ایماندٲری سان لرٛان آمتی۔ سو چھُنہٕ کَتھ۔ ووں کتھ چھےٚ یہ زِ ژےٚ
چھےٚ زِندٕ روزنک اکھ پٔنُن طریقہٕ۔ ژٕ چھکھا اَکس بیوٚن ماحولس تہٕ
بیوٚن ریژن منٛز پھاشپھلیمژ۔ یمن سارِنے کَتھن ہیکِکھ نہٕ ژٕ ژوٚوہن
گاٹھن منٛز بدلٲوِتھ۔ تہٕ ہیکہٕ نہٕ ٹینہٕ تھےٚ۔ تمس چھُ زِندٕ روزنک
اَکھ اَلگٲے آے۔ مےٚ نا ے چھُنہٕ باسان ژٕ ہیکِکھ تَتھ سِتی وتراوِتھ...

جیوتی : بہٕ ہیکہٕ وتراوِتھ۔

سیوا : ونن ہے چھُ سَہل دپھ تَتھ بیٹھ پکُن چھُ واریاہ مُشکل ......
تہٕ پتہٕ چھُنہٕ زنانن بچارِن پَتھ ژٕلنس تہٕ وَتھ روزان۔

جیوتی : مےٚ چھُنہٕ باسان زِ بہٕ ژٕلہٕ۔

سیوا : گووڑ سوچِہ وارٕ پاٹھو تہٕ اَد کر فاصلہٕ۔ یہ چھےٚ مہوٚن مشورٕ۔

جیوتی : ماجی۔ یہ ناٲے چھُنہٕ کتھ زِ بہٕ چھُس نہٕ سمجھان .... ووں گوو بہٕ

کینژھ شھاہ سپُد کیتھ پاٹھۍ سپُد، تتھ بیہٕ چھُ مےٚ پالنس تہٕ حاٸرتھ۔
کنہہ چھِم نہٕ لوٗژن لگان یہ کیتھۍ پاٹھۍ سپُد۔ بیلہٕ اَتھ بیہٕ سوچُن
ہیوان چھس اتی چھم باسان کینہہ تام گمبھیر ے چھےٚ کتھ۔

سیوا: وُچھ بی اَتھ منز تہٕ ماچھُ کاہنہ گاڑ جار۔

جیوتی: رژھ نہٕ ہٕ۔ دَپھ یی سپُد۔

سیوا: اہنی ڈُبہٕ کُس ژیرِ ے گوو۔ سوٗرے ہینکہ بدلیتھ تہٕ۔

(جیوتی چھےٚ اَتھ بیہٕ کینہہ تام وَنن یژھان مگر اَتھی منز چھ ناتھ
ہٕ تمس پتہٕ پتہٕ پرکاش سفرُک سامانہٕ ہیتھ اژان۔)

ناتھ: ادِ ساہٕ تہٕ۔ اَسہ دراہ۔ ٹاٹا (سیوایہ کُن) تہٕ کژن دُہن روٗزِ وگرہ؟

سیوا: ہیتھ ہفتس چھس ییتی۔ مےٚ چھُنہٕ سفرس پیٹھ گژھُن نیرُن۔ ووٚں گوو
ژٕ واہمہٕ چھےٚ بمبیہ منز سانہٕ وِدیا وردھنی ٹرسٹچ میٹنگ۔

ناتھ: دیٹ اِز وَنڈرفل۔ تہٕ زن گوو مےٚ بیہٕ نہٕ نگرچ کام کرناوُنس منز
کاہنہ دقتھ۔ یہ واہٕ کاٗلی کیتھ پتہٕ شام تام واپس۔ آتے لیس ستہٕ
چھم اکھ میٹنگ ۔۔۔۔ بائے ۔۔۔۔ دہن کیری اَن جیوتی ۔۔۔۔۔

(سُہ چھُ نیران تہٕ جے پرکاش چھُس سامانہٕ ہیتھ پتہٕ پتہٕ لگان)

سیوا: (اسہٕ ٹاہ سنجید گیہ سان) اکھ کتھ پرژھے جیوتی؟

(جیوتی چھےٚ کلہٕ ستہٕ آنکار کران)

لَس ستہٕ کیتھ حدس تام چھُتھ ژےٚ یارانہٕ چورمُت؟ ۔۔۔ یاوَنے
ہناہ نِندرِ چھے ۔۔۔ تہٕ کو ہنے نکھ چھواکھ اُکس آمتہٕ؟

جیوتی: یلہٕ ژٕ شک چھکھ کران تیوٚت نہٕ کینہہ۔ اَسہ چھ سمکھان اکھ تہٕ کران۔

ہۃ بَس۔ (سیوا چھے پھِر کھ ہیوٗتراوان تہ پیٖنہٖ یِہے راوان ہش۔)

سیوا : اِدبی گوڈ ٹھوٗسے بہ سامابہٕ اندر تہ پیٖتہٕ ہِمے لیوٗرِی۔ یِنہٕ آیس تِنہٕ چھُس یِیتی بہٕ بیٖھتھ......

جیوتی : ماجی، مےٚ ہے دیٖتیٖ ژٔنے واریاہ تکلیف۔ چھُنےٚ ؟

سیوا : تِلےٚ تُرٛاو چاٗرِی! پنٕنہٕ ماجہ نہٕ ہۃ اِدکَس دِلکھ ؟.... مےٚ ہے چھےٚ صرف چاٗنی فِکر.....

جیوتی : سوآری ماجی! جالنس چھےٚ بیٖھتھ تہ واریاہ فِکرِ.... اَکھ منٛز ہُرِیے میاٗنی اکھ فِکر تہ.....

سیوا : (دِتمِس اکھ ڈاٗلِتھ) یاوِلہِ ئے چھُکھ ژٕ.... ٹھٕ شرٛکہِ ہے اَسہِ بیٖھِٹھ لوٗرِ چھوٗسے کینٛہہ ؟

(جیوتی چھےٚ اندر اژان)

(سیوا چھےٚ بڑیٖنٛز کھنڈڑ بےٚ سو کھ پاٗ کھٹو وو دِیہٕ روزان۔

ٹیلیفونچ گاٗنٹھ چھےٚ وزان۔

کینٛژرس کالس وزانے روزان۔

سیوا چھِنہٕ گوڈٕ اَکھ کُن کٔنھی توجہ دِوان۔

پیٖتہٕ چھےٚ ہناہ دَم دِتھ ریسیور تُلان۔

فونَس بیٖھِٹھ کتھ کران۔)

سیوا : ہیٖلو ؟ کوٚسہٕ کُسم ؟ ڈٔلِو کیاہ دلیل چھےٚ ؟ زناہٕ چھا بیٖھِتھ ؟ سُہٕ گو درج وول آرڈر گیٚو واہ لوٗرِ ؟..... اِدساٗ ہۃ مہتا کمپنی ہِنٛدِس مینیجرس فون کٔرِتھ وُچھ .....ڈٔزِ لِکھ کینٛہہ

کأماہ دِلیو..... زنانہٕ چھےٚ بےٚ کارٕ ہِہتھ..... آمتن چھُہ سانہٕ کامہِ ہُند
پۆرٕ اندازٕ..... کُنہٕ زٕنگو گرٕ شھکِھ کأم کڈٕنی..... نارأضے گرِثھ مگر کأم
نہٕ کرِ (ارٕ ثھاہ ٹھہرِتھ) سو ندر بابی متلق بیٚنیہٕ سو چےٚ..... تمس چھُنہٕ
وٕٹِھ پھٹِکھ.....
(اسیوا فولس بیہٕ ٹھکھتن ستی۔ سیٹجس بیہٕ ٹھ ہٕنہٕ ہٕنہٕ اَنہٕ گوٚٹ گرٕ ثھان)

# گوڈنیک ایکٹ

## منظر : ۲

گوڈنیک ایکٹ : شامک وق

دوٚیم منظر : ( اسُے دیوان خانہٕ ۔ دیوان خانس منز چھُ کٲنٛہہ
نمبر چھُ بَر مُژرا وِتھ یوان۔
جیوتی چھےٚ اندر ژاان۔ تمس پتہٕ پتہٕ چھ اروٗن آکھوٗلے یوان۔
واٸلنسہِ کنہٕ لوٚ ہے پنژہ وُہر۔ رنگہٕ گنٛشوم۔
تمُس پیٹھ ترٕ کجار ہیوٗ مگروُ چھنہٕ کنہٕ رُت باسان۔
دوشوے بیٚیلہِ اندر چھ اژان، جیوتی چھےٚ بردِوان۔
یَر بند آسنک تہٕ تہنٛدِ حرف زےٚ آسنک احساس چھُ جیوتی
تہٕ تہٕ اروٗنس تہٕ۔
زِ وو پر چھ اکھ اَکس وُچھان تہٕ دوشوے چھ پریشان باسان۔)

جیوتی : پننہِ پریشانی پیٹھ رٹِھتھ ) بیٚہہ ..... بیٚہکھنا.... سٲری چھ پننہٕ
پننہٕ کامہِ پیٹھ درٛامتی ۔ لکانہٕ آسَن ۔
(اروٗن چھ صوفس نکھہ لِوان تہٕ واے کٔرِتھ بیٚہان)

جیوتی : جے پرکاش .... میون زُیتھ بوے .... چھ ایم ایس سی کران۔ پانٛژ بجہ ہیو چھُ واپس یِوان۔ ماجہ اوس ساڑِ پانٛژ تام یِنٛگ وُنمُت۔ بأے جانس اوس از گری روزُن۔ باسان چھُم لتس چھُ کوٗت تام گرٛژھن پیوٗمُت۔ (ڈیچھنِ کھوورِ وُچھتہ اکھ چِھٹھ ژُلان) یہ کیاہ سناہ؟ چھٹھ ہتاوِتھ گومُت۔ (پرٛتھ) ساڑِ پانٛژ تام واپتہ۔ ژِ چھُن یِیو کھمُت۔ ووں گوو تمس ہیٛتھ چھا بروسہ۔ ساڑِ شبنٛیہ تیے یییہ سُہ تہ گییو وٹھکِھ۔ ووں ازی ضرور۔ تمس چھُ ژٔے سمکھنک سنخ۔ ژٕ ییٚہ۔ بہ آیُس یِکیا اتہ ہُتہ ژھلتھ۔

(انیِرن ہیوان۔)

ارون : جیوتی .....

جیوتی : (اُٹھرِتھ) کیاہ؟

ارون : ژٕ ییٚہہ تہ ییتی نے۔

جیوتی : (واپس یِوان) کیاز؟ بہ ہے یِکیا ستی یمہ ہا .....

ارون : بڑِ ہن لرِ ہن ہیٛتھ چھُنہ اپِنِ کو بروسہ .......

جیوتی : بروسے نہ؟ مگر یہ کتہِ چھے تیٚژ یُڑ لرٕ؟ .....

ارون : میأنس ہألی ہشرٕ جُچڑ یاوچھکھ، ژٕ زانہکھ۔ تتھ لو کچہ پہر مثرٕ چھس أسو ذٲہ جبنی روزان۔ جاڑن مثرٕ چھس اکھ أکی ہشدِس وُشنیرس کأم ہیوان۔ بدنس ہیٛتھ پلوٚ نہ۔ یڈس نہ روٗٹی۔ مگر ڈر چھُس نہ یِوان۔ یاں شہر مکان چھس مچھ سُنند یڈ لگان۔ یتھ مثرٕ ہر آدمی اکیلا۔

جیوتی : مگر سأنِس گرس مثرٕ چھُنہ ژتھ کتھ۔

ارۄن : کل رات دراس ہٕتہ ـــــــــ ہوٹلس منٛز رۄدس نکھل سنگ ۔ ڈاے لیکٹکل میٹیریلزم اوٗسُس سمجاوان ۔ زیریٖ گوس ہٕتہ لۄلن ییٖتی روز۔ سُہ شوٗنگُس فٕٹ ۔ یہ رۄدس جاگان ۔ لگان اوسم أچھ وٕلٹس ہٕتہ گھرِ نیم کھیتھ ۔

جیوتی : ادٕ سأ ٹھو ...... ہٕتہ کیٖتھ پأٹھۍ باسہٕ ؟ کامہ بیٖہنٛڑ لۄنا آمتس گیی ناوو فٕر واریاہ وٕری ؟ ...... ہٕتہ بیٖہنٛڑ وٕنکھن چھُہ راہتہٕ ۔ وارٕ کارٕ ہے دُہل چھُ ۔

ارۄن : تمہٕ ہِسی کیاہ گو و ؟ یم بٔڈۍ بٔڈۍ مکان چھی مگر مچھ ہوی ۔ کُنہٕ ہٕتہ وِز ہیکن النسائنس ہنٛگلأدِ وتھ ۔

جیوتی : مےٚ چھےٚ چانہٕ کیٖتھ عجیب باسان ۔ کاہنہ ژۄرٕن کھوژان ۔ کاہنہ رہزنَن کاہنہ لۄتَن پٕژییَن ، مگر مکانن کھوژُن ...... ؟ مکانس منٛز گوٚژھ کھوژُن ژلُن ۔

ارۄن : أپن چھُس وَتہٕ بیٖہنٛڑ زیادٕ 'میفوز' سمجان ۔ وَتہٕ بیٖہنٛڑ لۄت زیادہ لکھ نیتوٚت اپن نٔڈرٕ ۔ سیمینٹ ، کنکریٹ کِھن چار دیوارن منٛز زیادٕہ کُنے باسان ۔ دِل راوان ۔ اپن لگہٕ ہچوٚمس منٛزٕ راوٕن یژھان ۔

جیوتی : اچھا بہ ٹھاوٕ لو ہٕتہ چاے لأگیتھ ......

ارۄن : مَت ٹھاو ......

جیوتی : تیٚلہٕ کیاہ کرٕ ...... ؟

ارۄن : ییتن بہس مےٚ لنس ۔

جیوتی : نہ تیٚلہٕ کرو بیٖتھ پأٹھۍ زِ بہ بناو چاے ہٕتہ ژٕ بیٖہہ تتہٕ نےٚ کِچنس منٛز ہٕتہ اتی روزو کتھ کران ۔ بِکھ ......

ارۄن : نہ کچھنس منز یہتھ کیتھ کرن واٲلۍ مرد چھس زنانہٕ آسان ۔ اَپن پیٹھ نے بیٹھو......

جیوتی : (ہنا ناراض گژھتھ) اَدِ سہ بیٹھس ۔

ارۄن : لو ہہ حاران آسکھ گژھان یہ آدمی کیتھ ؟ چھنا ؟

جیوتی : نہ تہٕ چھنہٕ کیتھ ......

ارۄن : پتہٕ آسس باسان کوتاہ بور چھُس ؟

جیوتی : تہٕ کیازِ یژھہِ کیتھ کران ؟

ارۄن : یتھے آسس باسان ۔ تکیازِ اپُن مزاج یُتھ چھس ۔ مہارلٹو لک مزاج چھس ۔

جیوتی : یتھ پاٹھو متہٕ آس ونان ؟

ارۄن : اَپن باپ دادا اوسس لنگوٹی پھٹنس تام کھو رننہٕ وۄرے میل میل سندلیشہ واتنا وان ، تاپس ، بارش منز ، راتن پھیران ۔ سلام ماے باپ ، شور لاگان ۔ تکیازِ سہٕ اوسس برہمنس لنش ناپا کی ہُند موٗرت ۔

جیوتی : ارۄن ......

ارۄن : یڑ ہنز بو چھ ، سالی بیچھ بیچھ اُنہٕ مژ باسی روٹی کھاوَن گژھ ۔ پیر پیٹھ پیر ساٲنی حاکم مُردہ جسمن بند مالنس کھوان ۔ تہنز زندگی پھچو رۄس ٹینو یال ستی چھلیتھ زندگی ۔ اَتھ منز اپن فِٹ نہ گژھان ۔ تہندِ س خوشبودار گھی وول چپڑی تہذیبس تہٕ سائنس شروٗ ٹے دال والی تہذیبس رِشتہٕ کیا ؟

جیوتی : اروُن .....

اروُن : مےٚ ستۍ سادی کرِتھ اپن باپ سنز جھپڑیا منز۔ دوٚن دہن ہنز دال ہیت باسی روٗٹی کھیکھاہ ژٕ؟ اُلٹی ورأے؟ وَن جیوتی؟ میانہِ ماجہ ہیت مہالوٗلس منز روزِتھ گنٛدِ نالہِ بیہتھ ہیکہ کھاٹی ٹلنہِ پھیرِتھ؟ پننہِ ماٗلشہ ہندِ خاطرٕ برٕ برٕ پھیرِتھ گھاس موچھِ موکھ بیٚچھتھ ہیکہٕ کھاژٕ؟ وَن وَن تتیلہِ .....

(جیوتی چھےٚ دہ یوٗ اَتھو ستۍ بُتھ کھٹِتھ تھاوان ۔)

اروُن : سادی کرنہٕ درٛامژٕ اپن ہیت ..... اپن زندگی چھٕنہٕ راشٹر سیواد لچ سرم دان چھاگنی ..... اپن زندگی چھُ نرک ..... نرک چھُ نرک ...

(جیوتی چھِ ہکو لگان ۔)

اروُن : سوآری! کھوپڑی آوٹ گژھان۔ یِی چھُ سپدان۔ ژٕ نے کیٚنھہ آسس یہِ سورُے نوٚو۔ منزٕ منزٕ چھم نار گنڈان زاگ دِمہٕ دِنیاہس۔ ہوٹ ژٕ ..... زبردستی کرٕ بدکار، خون چمہٕ ہا۔ ہیٚری مہِ طبقکی راکھسو ..... کا ..... پیتہ پانے ٹھنڈٕ گژھان۔ زِن میانِس جسمس بیہتھ کانٛہہ ژھاے چھےٚ۔ اتی کھسان اتی وسان ..... مردٕ شٕندی پاٹھی جیوان۔ ژٕ نے ہے تکلیف آسی ووتمُت، تتھ معافی دِم۔ یہ چھسےٚ تکلیف دوٚن وول۔

(جیوتی ہٕندی ہکو چھِ بند گژھان، مگر سو چھےٚ وُنہٕ تہٕ بُتھ اَتھن منز ژٕٹھتھ ۔)

اروُن : مَاف کر، وَن کیٛنٛہہ۔ کانٛہہ ہیٚس تہٕ دِیٚس خبر مےٚ ماکوٚرس کیٛنٛہہ۔

نبہر دِنم دکھ ماَرِتھ ۔ مےٚ گژھہس نہ کینہہ ۔ چانٛ شادی گژھہس
رۄزِتھ ، تہٕ مابنِہس ؟
(جیوتی چھےٚ بُتھ پیٹھ اتھہٕ تھوٚودُ تُلان تہٕ اوٚش وَتھراوان ۔)

اروٗن : اَسان چھےٚ اسان .... برٛہمن ہٕشرٕ کوٗر پھنسان ۔ (اَکھِتھ واَپتھ)
(جیوتی چھےٚ ہموان اَسُن ۔)
برٛ مُترٕ راَوِتھ چھُ جے پرکاش اژان ۔
اَمِس وُچھتھ چھُ یوٚہے ولے ہیوٚ کران ۔
برٛ چھُ تھوان دِتھ ۔)

جیوتی : (برٛ بٔند گژھنچ آواز بوٗزِتھ ظعون دِوان ۔) کُس چھُو؟ پرکاش ؟
(جے پرکاش چھُ وُنہٕ تہٕ والے بران ۔ سُہ چھُ اندر ہموان اژُن ۔)

جیوتی: ٹھہرو ۔ یہ ہا چھُ اروٗن ۔ (اروٗنس کُن ۔) یہ گوو جے پرکاش ، میون بوے۔
(اروٗن تہٕ جے پرکاش چھ وو پرٛاَزی ساٚنۍ اَکھ اَکس نمسکار
کران ۔ جیوتی ییلہِ نکھہ گژھِتھ سُہ وُچھان چھُ تس چھُ بوزُن
لگان یہ چھےٚ وِدان اَسمژٕ۔)

جے پرکاش : (اندر کُن گژھان ۔) پکیا آس ۔ (گژھان ۔)

جیوتی : (اَچھ وَتھراَوِتھ اسان اسان) خبر کیاہ آسہس بوزُن تو گمُت؟

اروٗن : یِی مےٚ مالوٗ ۔

جیوتی : (ہنا مایہ سان ) تھوٚ تھوٚ .... لوتہٕ چھُہس ہٕژ لاَیِن وول ۔

اروٗن : کیازِ کیازِ ؟ ژےٚ لاَیِن چھا بڈ کمتاہ کینہہ ؟

جیوتی : بہ چھُس تہٕ کانہہ اَوِج زاَوِج کوٗر .... بہ چھُس سیوادلس منٛز گژھن

واجینہٕ۔

(اروٗن چھُس اتھ پیٹھ اٹھَس وُٹھنہٕ دِوان۔
جیوتی چھےٚ دگہٕ سٟتۍ اُٗہراے کران۔ تمِس چھُ دگہٕ سٟتۍ شاک ہیوٚلگان۔
یہ چھُ زٕیہس کھنڈس سپدان۔ لتِس چھُنہٕ بوزنے لگان یہ کیتھ پاٹھۍ
سپُد۔ سو چھےٚ کھوژان تہٕ بیٚیہٕ چھےٚ وو داُسی۔
اُٹھس پھوٚ کھ پھوٚ کھ دِوان زِ دگ گژھہس کم۔)

اروٗن: سوری جیوتی ..... سالا ایکدم گو کیٚنہتام...... بس سوری .... یہ ژٕھکھ
تہٕ سزا دِ ..... اگر کانٛہہ چیلنج دِوان چھُس پتہٕ متہٕ پرژھنہٕ اپنٛ سُند
..... ہوش چھس راوان ..... زیادٕ مالوٚ گےٚ .....؟ یہ وُچھا .....
(انیٚبرِیم برَ چھُ مُترنہٕ لِوان تہٕ اورٕ چھےٚ سیوا اژان یس چھےٚ
دوٚشوٕنی وُچھان۔ دوٚشوٕے چھِ لتس وُچھان۔ جیوتی چھےٚ
پالنس شیران۔)

جیوتی: ماٗجی ژٕ آیِکھےٚ؟ یہ ہےٚ چھُ اروٗن ..... میانی ماٗج ......
(اروٗن چھُ سیوا یہِ نمسکار کران ..... اروٗنس وُچھِتھ گیاہ تہٕ سیوا
خوش تہٕ چھُنہٕ بوزُن لگان۔ اروٗن تہٕ چھُ یوٚ ہے کُنِھتھ ہیوٚ۔)

جیوتی: ماٗجی ..... یہے اروٗن آو وُنی ..... اندر کیٚنہ ہے چھُ .....

سیوا: (بروٚنہہ یکھِتھ) بہو ووٚ دنی کیاژِ چھوٚ؟ جیوتی، ناتھ جی کرِے دژاے
بیٚیہٕ؟ وونان ہے اوس بہ گژھہ نہٕ! ..... واپس کرتسنا چھکھ یُن؟

جیوتی: (وُنہٕ چھُنہٕ پان شیرِتھ ہیچمُت) سانہٕ پنہٕ بروٚنٹھے آسہ دژا متۍ۔ چھٹی چھُن
لیکھِتھ تھاوِمژٕ۔ لیوکھمُت چھُن ساڑ پانژِ تام یِمہٕ ..... یہ کیا چھےٚ

(چیٹھی ژھاران۔) سو چھس نہٕ جل جل میلان)

سیوا : (جیوتی ہنٛز بامبرتہٕ پریشانی وُچھتھ) کھاوِ ووہ نی۔ چاے واے بناو کھےٚ کیتہٕ نہٕ ؟

جیوتی : نہٕ ...... وقتےٚ میوٚل نہٕ (سیوا یہٕ ہنٛزن اَچھن ستی اَچھ رلاوِتھ۔)

سیوا : اہنی تہٕ ییم ہے گوڈنکہِ پھیریور آمتی چھ، چاے تہٕ دِہَس نا؟ گرٕ ژھی چاے لاگسی۔ مےٚ کیٛتھ تہٕ اکھ پیالہٕ .... کینٛہہ اوٚنمتھ کھیوٚن کیٛتھ تہٕ۔ راتھ انیاے ناتھ جیمن بسکٹ۔ ہیٛرِ مس مرتبالس منٛز آسنےٚ۔ تہٕ بیٚیہ بوزِاکھ کیتھ۔ یہ سوٗز تھن پیٚز کاش لیٛوری ......

(جیوتی چھےٚ آنکار کرِتھ اندر گژھان۔ اروٗن چھُ بٔنہٕ جایہ کیٛتھ تام ہیٚو تہٕ لوٚہے تنگ ہیو آمت باسان۔)

سیوا : (اروٗنس کُن) جیوتی آسم ونان تُہی چھو بی۔ اے کران۔ (اروٗن چھُ ژھوپہ کرِتھ۔) کیتھ سبجیکٹس منٛز چھو کران ؟

(اروٗن چھُ کیٛنہتام ونان مگر چھُ پریشان۔)

سیوا : بروٚنہہ کُن کیاہ کرنُک یرادٕ چھُو ؟

اروٗن : کمہ بروٚنہہ کُن ؟

سیوا : تہٕ زن گو بی اے کرِتھ کیاہ کرکھ ؟

اروٗن : (ہناہ سوٗچتھ) وُنہ چھِم طے کٔنہہ تہٕ کوٚرمُت۔ وُچھو......

سیوا : مگر طے تہٕ چھُےٚ کرنُے۔ بی۔اے پاس کرنُے یوت ما چھُ ؟

اروٗن : تُہی چھو پوٚز وَنان۔

سیوا : ازکل چھُنہٕ بی۔اے والین پیٚز ژھان تہٕ کانٛہہ۔

(ارُون چھُ ژھوپہ کرِتھ رووُمت ہیوٗ۔)

سیوا : پوٗز چھُیئے زِ کلاس یا سائینس ہے آسہٕ تہٕ ہناہ چھُس سکوپ۔ بوزٗوے تہٕ ازکل چھُہٕ تتھ مَنٛزٕ تہٕ کینٛہہ رودمُت۔ کوتاہ کمپیٹیشن چھُ......

(ارُون چھُ ہیوان بور گژھن۔)

سیوا : ییاُرٕ چھ درو جر تہٕ ہُران۔ پونا ہس منٛز ہے اونرشِپ مکان آسہٕ ہیون، ہنٛژاہ شیٹھ ساس روپیہ چھُہٕ کھنٛز کنٛھ..... روزان کتہٕ چھُکھہ ژٕ؟ پنُن مکان آسیی ژئے؟

(ارُون چھُ لکارس منٛز کلہٕ ستھو ہاوان۔ سُہ چھُ ووٗنی سخ پریشان۔)

سیوا : وُ چھ ساأ ازکل چھُہٕ سہل کتھاہ گرِ چلاوُن۔ شرِ ترٛاو تہٕ اتی، کٔنہہ نے تہٕ پالس کیٛتھ تہٕ گژھ اکھ۔ اوٚڈ کتھ آسنٕے..... پتہٕ گووو دوددگ...... بیٚیہٕ تہٕ چھ کیٛتھ مسلہ..... تہٕ اگر کانٛہہ نیٚبر کرُنک سونچہ پالس نِش گژھہس روپیہ پوٗلنسہٕ آسنٕے..... مان تہٕ آسہٕ نہٕ روپیہ پولٕنسہٕ، لتہٕ گژھ کانٛہہ جان کیریٚر آسنٕے۔ نتہٕ گژھہس خانداریٚ تہٕ بُرباد، پانہٕ اوس اُسی کھٕتے....

اروٗن : (ووٗنی چھُس نہٕ پالس تام روزان۔) میٚون چھُس نہٕ یہ کٔھتے...

سیوا : مگر تہٕ مابتہٕ؟ پرٛ بہتہٕ کأتہٕ چھُ کرنے پُیوان....؟

اروٗن : مگر میون چھیٔہ کھٕتے، اپنٕ ہٕکس دیسی دارو بٔٹھ تہٕ چلاأوِتھ۔

سیوا : (دِنٕن ہِش چھس لگان) کیاہ؟

اروٗن : اوٚ، شراب بناونس منٛز چھس واریاہ بنان۔ صرف گژھہس اچ

ٹیکنیک پَے آسنی۔

(سیوا یہ چھہ دم ہیوٗ گژھان ۔)

اروٗن : دوٚن جنن کیتھ یہ فسٹ کلاس دند چھُ ، اکھ جَنہٕ ہیکہِ ہفتہٕ وفتہٕ دِنک کام سابلیتھ ، بیاکھ ہیکہِ گراکن سٕرو کرِتھ ۔ یہ دوٚیم کام چھُ زنانہٕ ہُندِ ساری چھس آنٹی ونان ۔ آنٹی یپٲر اہ رٕژ باسہٕ تیوٗت یکس دٔندٕ تیز ......

(جے پرکاش چھہ جاپہٕ ہنز ٹرٕے ہیتھ اژان ۔)

سیوا : (شاک منزٕ اُوِتھ کیتھ بدلاوان ۔) پرکاش یہ چھُ اروٗن آٹھولے ۔

جے پرکاش : (ہناہ سرد لہجس منز) اَہنی اَسہِ کوٗر تعارف ۔

اروٗن : (جے پرکاشس کُن) یہ اوسُس دلیسی دارو، ہٕتھ چلاونس مُتلق ونان ۔ یمن ۔ (زنہٕ ہورِ چھ لایہٕ یوان ) اکھ چھُس یہ دٔند سیٹھاہ فائیدٕک ۔ بینیہِ دوٚن باژن کیتھ مُنزے منز ۔ شُرِ زیو نکھ تہٕ تم تہٕ ہیکن گلاس پلیٹ چھُلیتھ یا پان سگریٹھ بازرٕ اَنتھ ۔ ٹپ منزٕ تہٕ واریاہ زینان چھ ۔ یوت ٹرواہ تیوٗت بنیس مال ۔

(سیوا یہ یئِلہِ حالتھ خراب گژھان چھےٚ اروٗنس چھ سکوٗن ہیوٗ یوان)

جے پرکاش چھُ حائران تہٕ پریشان ۔

جیوتی چھےٚ یوان ۔ سو چھےٚ اَژی ہتے صوٗرتحال زانان ۔)

جیوتی : (ٹیلی اَسناہ کرِتھ) ماجی یہ اروٗن تہٕ ہےٚ منزٕ بدلے مذاق کران ۔

اروٗن : (سیوا تہٕ جے پرکاشس کُن) ییمہ ہٕشرِن کتھن منز گژھ نہٕ یُن ۔ یہ زانیٚس مےٚ اوتر بیٹھے ......

جیوتی : (حالاتھ شیریٚج کوٗشش کرنہٕ موکھ ) ادِ تمہٕ سنٕز کیاہ گوو مےٚ چھُ

سورُے پےَ اۭژٕ ژھوٕ پہٕ کر۔

اسارِ ہٕنۍ چھےٚ دِنَن ہِش لگان۔

جیوتی چھےٚ سخ نروس۔

دروازٕج بہل چھےٚ زورِ وزان۔)

جیوتی : (دروازس کُن گژھان) یہٕ آسہِ ضرور بھائی جی۔

(جیوتی چھےٚ دروازٕ مُژراوان۔

جیوتی : (خوش گژھِتھ) وُچھِتہٕ سُے چھُناہ!

ناتھ : (اندراژان) سوآری۔ اسہِ گوو ژیرِ پہن۔ پارٹی آفسہٕ اوس نیران زٕ اکھ صاحب پاہ گوم اگادِ۔ کأم اُسس جیٚبنون تہٕ اوِ کنہٕ ہیوٚکُم نہٕ ٹألِتھ تہٕ۔ توتہِ ووٚتس بہٕ واریاہ سۄلہِ۔

(امہِ پتہٕ تہٕ چھ ساری سنجیدٕ)

جیوتی : بھائی جی۔ یِم چھ اروٗن۔ (اروٗنس کُن) یِم چھ میأنۍ پتاجی۔

(اروٗن چھُ ہتھ دوٚ وٕہتھان مگر نمسکار چھُنہٕ کران۔)

ناتھ : (بروٚنٹھ ہیکِتھ لسندا اتھ بینین اتھن منز رٹِتھ۔) ویری گلیڈ ٹومیٹ یوٗ۔ ینگ مین۔ ژٕےٚ مُتلق اوٚسُم بوزمُت (جیوتی کُن اُچھ ناٹھٕ کرِتھ) کیاہ اوٚسُم بوزمُت تہٕ وَنہٕ نہٕ بہٕ ہرگزتہٕ۔ کیا تو ژٕے فکرِ؟ (اروٗنس کلہٕ پیٹھٕ ٹلس تام نظراہ کرِتھ) واہ، مردس آسُن گژھہ تہٕ یُتھے ...... اڈر دوٚر، ہتھر تہٕ بیٚنی تن مگر کلہٕ نوٚمراوُن وول سہٹاہ جان۔

(بےٚ پرکاشس کُن) بےٚ بابوژہتہٕ ہینچھ..... یمن لش ہینچھ کپنٹرھاہ..... ووں گوو سون بےٚ بابو تہٕ چھےٚ کامہِ کیٚتھ قأبل۔ تُتمہِ کھن منز یکدم

اہنسا وادی ۔ وُچھ سأبا یا مردس، منز گرٕٹھ ضِدتہٕ آسنہٕ (جیوتی کُن) دوٚپ ہمہٕ ہے ہمن دیٖت کتھاہ کینہہ کھیوٚن چیوٚن کِنہٕ ہِنٛژ نہٕ ؟ (سیوا یہ کُن) وُچھتھاہ ۔ جیوتی دٔرایہ چانہٕ کھوتہٕ تہٕ قسمتہٕ واجینٛہ۔ واہ ۔ کیاہ بین لِی ۔ لڑکہٕ چھُ اوٚر دوٚر، کرٕ ییٹھو تہٕ ۔ کوتاہ تہٕ لیکھان ۔

(اروٗن چھُ پریشان ووٚدنی ۔ تہٕ باقین چھُ دَم ہیوٚ گومُت ۔)

جیوتی : (ییٖتھہٕ تتھہٕ ۔ بھائی جی ۔ لوٗ ہہٕ گرٕٹھیاہ چاے ؟

ناتھ : یہ تہٕ چھاہ پرٕژُھن آسان ؟ چایہ روٚس کیاہ چھُ زِنٛدٕ روزنے ؟ ہمن تہٕ دِ اُسہٕ ستی بیٚاکھ پیالاہ ۔

(جیوتی چھےٚ اندر گرٕٹھان ۔ ناتھ چھُ اروٗنس بیہنأوِتھ تمس ستی بیہان ۔ تمی سُنٛد اتھ ہینِس اُتھس منز رٔٹِتھ کتھ کران ۔)

ناتھ : آئی ایم رئیلی ہپی ، اروٗن ، ہکو اُسی کرو چاے چیتھ سیلیبریٹ ووٚن گو واز کل چھُ (اشارٕ ستی شراب ہأوِتھ) تتہٕ اسہٕ سماج وادین منز چلان ۔ مگر اتھ معاملس منز چھ اُسی ہناہ پرانی ترٛأیہٕ ہندی ۔ کرو کیاہ منز یا ولس پھوٚر گاندھی وادک کیوٚم سأئنس دِماغس ییمہٕ کنہٕ وارِہو چیزو لنٛشہٕ اتھ چھلُن ہیٚو ، شراب ، شان وشوکت — تہٕ کیاہ کیاہ نہ ترٛوو ۔ (اُکھو بھٔتے لوٚت آوازِ منز ) ۔ برہمچأری تہٕ ما آسہو ہینمتی مگر اکھ حادِثاہ سُنٛد ییٖتھ نا (اُچھ ناٹھ کرٕتھ) خوبصورتھ حادِثہٕ چھ ونان ۔ سُے ..... سُنٛد ژٔے ستی ، تمی قسمک ......

سیوا : (سنجیدٕ پأٹھٕ) ناتھ جی ، لوٗ ہہٕ کیاہ پلوٚ چھونا بدلأوِنی ؟

ناتھ : پرٕتہٕ پٔہن ۔ سیواجی ۔ از تام روٗدی اُسی " ذاتھ پاتھ ترٛأوو " نعرے یاتی

دِوان۔ واریہن انٹرکاسٹ کھاندرن منز گیہ شاُمِل تہٕ۔ تقریر تہٕ کٔرِ۔
ووٚن گو وذاکھ یاکھ پھٹرو واسہ اَز پٔرٕزی پاٹھی۔ از سپُد میٚون گر
اِن دی رِیل سینس آف دِی ٹرم'' ''بھارتیہ'' بہٕ چھُس از خوش
سبٕھٹاہ خوش چھُس از۔ پلو بدلاونک چھُنہٕ ضرور بھٕتھ۔ مان نہٕ از
چھُس بےٚ لوٚو بینومُت ..... (ار وُنس کُن) ماے فرینڈ ڈوٗ یوٗ
سموک ؟ مےٚ چھُنہٕ پانس تہٕ سگریٹ چیٚون پسند۔ مگر ونہ کھےٚ تہٕ گرِس
منز چھُ۔ یم اَسی نایموٗ اَلو بَرواجی بدلیہٕ آسہِ ..... خبر کیٚتھ انٹرنیشنل
کانگریس منز اَسی گمتی ...... ہمٕوے دزایم کینٛہہ سگریٹ پیکیٹ۔
سو چھُنہٕ کیٚتھ کانٛسہٕ لتشہٕ رٔلوٗ تہٕ شوقہٕ وائلس دیوٗ۔ (سیوایہ کُن) کتہٕ
چھِوہٕ تھاوِ مِتی ؟ اَلو۔

(سیوا چھےٚ بے دِلی سان اندر گژھان۔)

ناٹھ: (جے پرکاشس کُن) ژٕ کیاز ووہ دنی ..... تلا بیہہ تام۔ تھٕو گژھِ ہوہ ناپانہٕ وُنی کیٚتھن میٹھیمی آسنی ؟ اَکی پیٚر ہندی ہےٚ چھوہٕ ۔ بےٚ چھُس ٹلی ہینگ ژٕٹنٲوِتھ وژھبن منز بیٚہتھ۔

(سیوا چھےٚ اَژان سگریٹ پیکیٹ ہیتھ تہٕ تھاوان چھکھ بروٚنٹھ کنہٕ۔

ناٹھ: اکوے پیکیٹ کیاز اوٚنتھ ؟ اَسہ کیا چھُ باقین کرُن ؟ کیٚنہ کانٛہہ ژٕوٗل ہیتھ۔

(جے پرکاشس کُن شرارت آمیز اندازٕ وُچھتھ)

جے پرکاش: (گو بٕ ہٕتے یہن) مےٚ چھُنہٕ تمیک پےٚ ......

ناٹھ: مےٚ نہ سا چھُنہٕ پانس تہٕ پےٚ ...... تہٕ زن گوٚو تیلہٕ چھ سیوا جی نہٕ جیوتی تلہٕ مِتی۔

سیوا: چھی!

ناتھ: الأئے، اتھ منز کیاہ چھُ؟ اوترٕ پۄرم اُکس جایہِ، سۄ چھنا سۄ مشہور
رقاصہٕ ـــ آ، سونٕل مان سِنگھہ ـــ اِدسو چھے سِگار تہٕ چیوان۔
اروٕن، تٕہ سوچ زٕ اکھ نٔژن واجینۍ لوز کھ 'وٕرل، نخرٕل، خوبصورتھ
بھارتی زنانہٕ آسہِ چرچل ہندی پأٹھۍ دندن منز سِگار رٹِتھ ونان: "آے
لایک سِگار"، ہنہہ؟ سو وٕنٹ؟ ہتا سانہٕ زنانہٕ نأ اُسہِ خابس منز تہٕ
سِگار ہیکان چیتھ؟ مے ہے بنٕن مول زأنہہ اُسس منز سِگار وِچھا
گوڈ ترأوہم تھاپیر، تہٕ پتہٕ پرژھہم، 'یو لایک سِگار' ریتا؟ گیٹ آوٹ!
دفا گژھ میانہٕ گرٕ منزٕ! تہٕ از چھے سونالی مان سنگھہ وٲنِتھ تہٕ دِیتھ
ونان، 'آے لایک سِگار'.... (راز داری آیہ) یوتُے یوت لنس
بیٹھ "اینڈ اے گُڈ".....یولو وہٹ (اچھ ناٹھ کرِتھ بڈٕ کھنگالہٕ ترأوِتھ)
مگر، زنانہٕ ہسا چھُ واریاہ بدلیومُت۔ (اروٕنس کُن) ژٕ چھے ونان
کُنہٕ کُنہٕ ہے کوٚن زٕون اُسِتھ سوچان ژھس تہٕ سورے چھم یوٚ ہے
خاب ہیوٚ باسان..... سأری ہے تلک بیپھٹ گومُت.... اندازٕ کر
کأنسہِ اوساہ یہ گمانٕ زٕ تھُد دٔلت تہٕ وٕکھوز ٲسہہ ہوٚل گنڈھتھ تہٕ وٕسو
مأدالنس؟ (جیوتی آلو گرِتھ) جیو۔ کینژھا اِنہٕ گِھے تہٕ کھیوٚن کیٚنژھ کِنہٕ
کھنۍ نہٕ۔ اُسہِ ہے چھ بیپأری لو چھ ہتہِ۔ (اروٕنس کُن سانِہن کانگریسی
یارٕن ہندی پأٹھۍ چھے سأنی لو چھ تہٕ ڈر..... بیرٕ پٔژرے چھے فرق
زٕ اُسی چھہ بتہٕ کھیوان۔ (دادرٹِتھ باپھتھ بٕنن اکھ کڈان تہٕ اروٕن چھُ
رووُمُت ہیوٚ اُسِتھ تہٕ تمی بِندِس اکھس ٹاس دِوان۔)

(جیوتی چھے ٹریہ منز چاے تہٕ کینٛہہ کھینہٕ چیز ہینتھ اژان تہٕ
تھاوان بڑ وُنہٕ ٹہِ کِنہٕ)

ناتھ: (یمن چیزن کُن وُچھتھ) گُڈ گُڈ، دیٹ اِز لایک اے گُڈ گرل! (ارُونس
کُن) ژٕ ڈٕ لتو یہ گیہ چاے۔ یہ ما چھے بینٛتِن وُچھنہٕ کرژھ تھاوِتھ....
......رکھٕ سا، اَتھ منز کرژھ نہ ووپڑاژی زانِنہٕ......
(پانہٕ ٹُلِتھ تمس پلناوان۔ پانہٕ تہٕ چھ تلان۔)

ناتھ: (باقین کُن) وُژھ نے کرو، اَتہٕ روزو نہ ہیتھ کُن کینہہ نہٕ۔ (کھیوان کھیوان)
اَسہ ساٲری چھہ از سیٹھاہ خوش۔ (ارُونس کوٹھس تھاپ تھاپ
دِتھ) تھینک یو ارُون۔ تھینکس فار گوِنگ اَس دا پلیجر۔ (جیوتی کُن)
ووں گوو چون احسان تہٕ بہٕ مانہٕ نیٛ۔ جیو مگر..... (ساٲری چھ
ہیے بُنگہٕ ہِوی).... ژےٚ تہٕ گرچی چھکھ تہٕ..... (سارِنی ہنٛز
سرنی سنجیدگی ژٕرژٕ تھ) بےٚ یوت چھس کینہہ کران..... آل رایٹ۔
اِدٕ ساٲ تہٕ یہ دِمہٕ بینہٕ زیٛوٚ ہناہ تھٕکھ ہیو۔ (ژھوپہٕ کران)
(ناتھنہ ژھوپہٕ کرنہٕ بتہٕ تہٕ چُھنہٕ کانٛہہ کینہہ کران۔ ماحول چھ چارٕ تھ)

ارُون: (وو تھان وو تھان) بہ نیرس وونی۔

ناتھ: (حاژن گرژھتھ) ژٕ نیرکھ؟ یوت جلد؟

ارُون: ذرا کام چھس (جیوتی کُن) بہ نیرس جیوتی۔ (یرادٕ کرِتھ برس کُن
پکان۔ جیوتی چھس پتہٕ بینہٕ نیران۔)

ناتھ: (ناپسندیدگی سان) مےٚ چھُنہٕ بوزن لگان ساٲری کیاز اَسہ
یپہٕ سنجیدٕ۔ اَمہٕ کیا آسہ زٕ ونمُت؟

ناتھ : دِس اِز ناٹ کرکٹ ۔ یہ لڑکہ اوس گوڈنکہٕ پھر سٕون آمُت ۔ جیوتی اوس پالنس ستہٕ اوٗ نمُت ......

جے پرکاش : تۄہے ہتہٕ ژۄل اَسہٕ ۔

ناتھ : (ژکھ ہوّت) کیازِ ؟ اتھ منز کیاہ سناہ کتھ اَس ژا لیج ؟

سیوا : تۄ ہہٕ چھُہٕ کہنی تہٕ پے ۔

ناتھ : تیلہٕ کیّاہ ژیےٚ یوت چھُہ پے .... وارٕ کارٕ ہے اور دوٗر تیز لڑکہٕ چھُ .....

جے پرکاش : تۄ ہہٕ چھاہٕ کینہہ انداز ؟

ناتھ : (ژوٗن آپر) پے چھہٕ ..... پتہٕ چھہٕ ..... انداز چھُہٕ ..... مے چھُہٕ لوٗزُن تگان، تۄ ہہٕ کمیٖک انداز چھُ پالنس ۔ بہٕ زن زانہا ۔

سیوا : سُہ چھُہٕ اَسہٕ ٗلکن منزٕ بہُن لائق ۔

ناتھ : یاہ زِ ذلیت چھُ !

سیوا : (بڈٕ ہٹہٕ) یہ مہ زاٗ لوٗ زِ تہی یوت چھُو براڈ مائینڈڈ النسان یُتھ گرس منز اَسہٕ تہٕ چھُ تگان ذاتھ پاتہٕ الپور وُچھُن ۔

ناتھ : مگر تیٚتھ کیاہ چھُ اُمس لوٗ ر زِ یہ ہینکہٕ نہ اسہٕ لنش یُتھ گرس منزٕ بہتھ ؟

سیوا : یہ زانہٕ پی نہ ادب تہٕ تہذیب کتھ چھُ ٗونان ۔

ناتھ : (جوشس منز یِھنہ) واہٹ ڈو یوٗ مین بائے دیٹ ؟ ..... تہذیب چھا تۄ ہہٕ ٗلکن ہنز وراثتھ ؟ ..... سوٚے رُت لڑکہٕ چھُ ..... وِل پی ہیوڈ چھُ ..... تہذیب سنے آسہس تہٕ یُتھ کتہٕ آسہے ؟

جے پرکاش : بھائی جی، تۄ ہہٕ چھہٕ سارے کتھ معلوٗم ۔

ناتھ : بیٚنہِ تہٕ سوٗے کتھ ! کیاہ سنا چھُنہٕ مےٚ مولوم ؟

سیوا : دوٚیمو۔ توٚہہ بروٚنٹھ کنہٕ اوس سُہ وارِ کاڑ۔ مگر توٚہہ ہندِ یتہٕ برٛونٹھ یٚہن یہ مےٚ سُہ کران وُچھ، تِتھ منز اوس نہ اکھ رژھ ہتہٕ پرٛزر۔

ناتھ : کیاہ سناہ وُچھتھ ژےٚ ؟ ضوٗرۆر آسہی ژےٚ برٛونٹھے منس منز ژےٚ بیٚنیہ کینہہ۔

جے پرکاش : بھائی جی، ماجہ مہ دِلوٕ بلو کانہہ الزام۔ مےٚ تہٕ چھُ وُچھمُت تی۔ دیان ....ژھوٚٹ۔ لوٗزوسُہ اوس نہ کھٹیکھ۔ وۄنی وُلو میٚتہٕ ژےٚ چھے نظر خراب۔ تِہہٕ ہیٚکو وُنھ مگر مےٚ باسیوٚو نہٕ یہ اِنسان جان۔ آےکانٹ ٹالریٹ ہم۔ (جیوتی کُن) سوآری جیو۔ (ناتھس کُن) تِہہٕ سارِی نے بیٚتہٕ آسی ہو۔ یا آسہے مےٚ سُہ نیبر ژھنمت کڈِمُت، نہٕ تہٕ آسہا بےٚ ژوٚلمُت۔

ناتھ : (کتھ اُنزراوہٕ اندازہٕ) بلو مہ آس وولہٕ دولہٕ کتھ کران۔ مےٚ وَن کتھ ویٚرِژھنتھ۔

جے پرکاش : سُہ اوس ماجہ سےٚتی شرابہٕ ہُتھ چلاوِنچ کتھ کران۔

ناتھ : یُتھ کیاہ سناہ گوو ؟ چانی ماجِ کیاہ مرارجی بھائی چھاہ زِ شرابہٕ ہُتھ ہشز کتھ تہٕ ہیٚکہِ نہ لوٗزِ تھ ؟

سیوا : تُہی چھوٕ تیلہٕ بوزِنی یِژھان سُہ کیاہ اوس مےٚ ونان ؟ ...... دپان اوس کھاندر کرِتھ چلاوِ بہٕ شرابہٕ وان ..... شرِ زلون تہٕ تِم تہٕ آسن گلاس پلیٹ چھلنچ تہٕ پان سگریٹ انِنچ کام کران .....

ناتھ : (گوڈٕ ووتھ ہش کھوان، مگر پتی پان شیران) باسان چھُم مذاق آسہے کران۔

جے پرکاش : یا گژھی وتھی ییتین اَسنہٕ پننیو کنو سوٗرے بوزنی - چاٗری گی .....

ناتھ : یہ چھُ لوٗ تہِ ہیہ ٹلو کیا ہتام وَہم ۔ اَسہِ چھِناژ کہ نرم مزازن ہنٛز ہال گاٗمژ ...

سیٚوُد ساد کتھ چھِنہٕ بوٗزنۍ یِتھے ہیکان .....

جے پرکاش : ترٲوِ لو میانۍ تہٕ ماجہ ہنٛز کتھ ۔ بوزو وِ جیوتی کیاہ اوس ونان؟ یہ
لجاہ تس شیرنہٕ، تتھ پیٹھ دوٚپنس ..... (ہناہ لاگتھ) رژھ تہٕ پھس
نہ ژٔے پے، ژھو یہ کرُس ......، یتھ گرس منٛز آسیاہ ییمہٕ گرچھ
کورِ ہندِ خاطرِ یژھ زبان .....؟ ییٹھ ماجہ یژ ونتھ کنہٕ ؟

ناتھ : دوٚپموٚ، تمہ سنٛز کتھ کُن مہ گژھو .......

سیوا : جیوتی، ییٚلہِ یہ آیس، تمہِ وِزِ کیاہ اَسہِ وِتھی کران ؟

جیوتی : (گابرتھ ہیو) کیاہ ....؟

جے پرکاش : ییٚلہِ یہ آس، اَمِس اوس اَچھن منٛز اوٚش ..... تہٕ اوس اَتھہٕ وایتھ گوان.
"بامن کوٗر پھِیپے" امہ آسہِ ہے ضرور وٗزمُت ۔ رِتی یے جیوتی ؟

(جیوتی چھے کلہٕ ستی انکار کران ۔)

جیوتی : مگر تمِیک مطلب چھُنہٕ تہٕ یہ ہٕتھی زانان چھُس ......

سیوا : یہ ییٚلہِ آیا لیس، تمہِ ساتہٕ اَس ڈ چھینس کھو نہٕ وُلٹس پھو کھ پھو کھ دِوان
جیوتی یہ کھی دلیل اَس ؟

جیوتی : (ہناہ ژھین دِتھ) تمہ اوس مے اَتھس وَر دیٚتمت ۔

(سیوا چھے زیٚنتھ ہیوٚ ناتھس کُن وُچھان ۔)

جیوتی : مگر یہٕ چھُنہٕ تہ یہ ہٕتھی زانان چھُس

سیوا : پتھ کھی ......؟ آخر تمہ ہے مزسان ژٔے اتھہٕ وُکھٹوٗ ؟

جیوتی: نہ! یہ تمۍ کوّر تتھ بیٹھ اوُس پالنس تہٕ پھیران۔ تمۍ ونیو دِلہٕ سوآری۔

جے پرکاش: (ہنزلہٕ آپہٕ) لتس چھُ، سوآری، تگان ونن۔ یتھ کُس ہیکہِ لتس وُنتھ

بدتہذیب؟ ییلہٕ ییلہٕ پانہٕ ژینان چھُ، تیلہٕ چھُ مُہذب تہٕ بنان۔

ناتھ: (سنجیدگی سان) وُچھو۔ سہ ما چھُ سانہٕ ویدہِ منز مِہ طبقک، یُس اسی

وُچھان وُچھانے ژاٹنتھ، ہکون.....؟

سیوا: اَو۔ زنتہٕ اسہ تمہٕ طبقچ کُہنی دِہ خبر چھیہٕ۔

ناتھ: سُہ چھُہٕ درمیانی طبقک۔ یہ گوو اسی ہتے، تمہٕ پتہٕ چھُ یہ تہٕ وُچھن

زِ سُہ چھُ دَلِت تہٕ۔ سُہ چھُ دِیہٕ مفلسی منز پرتھیومُت۔ یتھین ٹُکن

ہُند نفسیاتھ چھُ اَکھے آسان۔ ..... اَسہِ پژن یم وایہ پاٹھو زانُن تہٕ یِی

تہٕ چھُ مُشکل.......

سیوا: اگر تُہی پژھو بہ چھُس اَتھ ٹاپکس پیٹھ تُہند سٹڈی سرکل اٹینڈ کرنہٕ

خاطرٕ تیار۔ مگر چھُسو وُنتھ تھاوان زِ پننہٕ جیوتی ہندس خاندارنہٕ شکلہٕ

چھُس نہ بہ سُہ وُچھن یژھان۔ ہرگز تہٕ نہٕ۔

ناتھ: وُچھ سہ سیوا۔ وُ نہٕ ہتی یوت چھیہٕ سماجس منز کانٛہہ تبدیلی یِوان۔

تبدیلی اَنہٕ موکھہ چھُ کانٛسہٕ نتہٕ کانٛسہٕ برونٛہہ کُن نیرُن پیوان۔ سانہو

پرانہو سماج سدارکو ما پکناو موٗنڈن بیاکھ نیتھرٕ کرنہٕ ییہٕ دِنچ تحریک

صرف تقریرو تہٕ کتھو ستی۔ بلکہ تمو منزٕ کور پانہٕ تہٕ کینژو موٗنڈن ستی کھاندر۔

کیاژِ کرِ لوکھ؟ سُہ تہٕ اوس اکھ تجرباہ۔ تجربہ اوس کرِ لۍ ہتے، دِ یتھ تمو

دیُت کرِ تھ۔

سیوا: تہٕ زن گوو میانہٕ کوری ہنزٕ زندگی تہٕ چھے تجربہ باپتھے۔ تی نا؟ یہ ترٚے

پانس خوش کری نہٕ کر، مگر ہہ مانے نہٕ ہہ ہرگز نہٕ۔ آخر نہٕ ئے اُمی سٕنز
موج چھس۔ اگر مےٚ پرٕ ژھان چھو، ہہ ولنوو وأیتھ ژٕ امس لڑکس سٕتی
روٗز ہتھ میلہٕ نہٕ جیوتی ژہیے نہٕ سو کھ ..... وُنی وۍ ہے نہٕ لیکھتھ دِموو۔

ناتھ: سُہ اوس پی کأ لتس کالس ییتہٕ؟ ییتی ہے کالس کیپارِ ہینکیوٗن سُہ
پرٕ زناوتھ۔ اکتھی بیٹھ کانہہ فاصلہٕ دِتھ ما ہیکھ ژٕ پننہِ پان ذِمہٕ دأرِ یہ
لِشہٕ موکلأوتھ؟ سیوا، یہ گیہٕ نہٕ انصافٕچ کتھ .....

سیوا: کھأوو نہٕ۔ پتھ روٗز یہ کتھ ژٕ لتس سٕتی گرٕ ژھیا نہٕ جیوتی ہُند کھاندر، مےٚ
چھُنہٕ یہ ہرگز نہٕ منظور۔

(ژھوپہٕ چھے وارے ہُران)

ناتھ: (جے پرکاشس کُن) نہٕ ژٕ؟ پرکاش، چأنی نہٕ چھا پی رائے؟
(جے پرکاش چھُ کلہٕ سٕتی انکار کران۔)

ناتھ: جیوتی، میأنی کنہِ ہیکھ ژٕ ہے کینہہ وُنتھ .... سورُے زأنتھ ہیکو اسی
کینہہ نہٕ وُنتھ، مگر نہٕ کرٕتھ نہٕ چھ اُسی دوٗرِ ہے۔ یوٚتتام لڑکہٕ سٕنز کتھ چھے،
مُشکلنے چھے لتس سٕتی سأنی زان اُڈٕ گأٹِنج۔ لتس سٕتی سأنی.... ژٕ وَن پننہٕ
رائے۔ ژٕ نے کینہہ چھے باسان سُہ؟ برٕ شنز کھنڈ مان نہٕ ژٕ نے زن
چھِی لتس سٕتی کھاندر کرُن۔ پتھ اگر وُنتھ ہیکھ نہٕ وَن، پتھ زن اُسی
نہٕ لتس متعلق کینہہ سوچتھ ہیکو۔

جیوتی: (سو چھے باسان اندری کھُرن مٔنز ہینہ ہش آمٕژ) ییلہٕ مےٚ لوٚ ہہ
گوڈنکہٕ پھِر وَنیوو، مےٚ وَنیوموتیلی ژٕ.... مےٚ چھُنہٕ لتس مُتلق
زیادٕ کنہہ پے۔ اگر کینہہ ہہ زانان نہٕ چھُس، نہٕ چھُس تمہٕ سٕنز کو پتا ہہ

پرٛتھ زانان .... تمہ پرٛ ژھیاو مےٚ، تہٕ مێتہ ونیوٗمُس بیٛٹھی بیٛٹھی آ ۔
ژکہِ چھُسن یہ سُہ تمہِ پتےٚ زانُن ہیوان ۔ سُہ کیٛتہ بلکہ چھُس لتس متلق زانُن
ہیوان ۔ تمہِ پتہٕ تہٕ چھُ سُہ تیٚتھ پاٹھۍ بیش لوان زِ مےٚ چھُ باسان زِ
یہ زانُن سُہ رژھ تہٕ ۔ منٛزی منٛزی چھُس یہ لتس پیٚٹھ لوٗرٕ لوٗرٕ پژھ کران
مگرامہِ پتےٚ چھُس یہ زینان زنتہ یہ لتس لشہِ میلہٕ واد دوٗر چھُس منٛزی
چھُم دِل پرٛژھان زِ یہ کرُن یژھان چھُس امانہٕ چھاصحی .... اُتی
چھُس کھوژُن ہیوان ۔ اُتی چھم پنُن دِل ونان زِ سُہ چھُنہٕ دِلہٕ خراب ۔
عادتھ تہٕ چھُس نہٕ بد، مگر سُہ چھُ ہیچیدٕ ۔ بنان چھُ یہ ہیچیدگی آسہٕ تَس
منٛز ماحولن تہٕ حالاتو پاٹھۍ دکٕرمژٕ ۔ مےٚ پزٕ تمہٕ ہشز یہ ہیچیدگی زانٛنچ کوشش
کرٕنی ۔ امہِ ستی ما انٛد زِ یہ تراوِن سُہ تہٕ پانہٕ ہیمہٕ دوٗر ۔ اکہِ پھِرِ ہےٚ
سمجھن، یہ ہیکہِ تمہٕ سنٛز اتھ ہیچیدگی کھر گژھتھ ۔ اگر یہ ہیوٗکمُس تہٕ کڈِتھ
لوٗتہٕ ہیکہِ نہٕ پتہٕ یہ ہیچیدگی مےٚ کھوژناوِتھ ۔

ناتھ: جیوتی، ژےٚ چھےٚ ناباسان زِ آنکار کرٕتھ کرٕتھ ژےٚ کانٛہہ غلطی؟

جیوتی: (ہنا ٹھہرِتھ) ییٚتہ پاٹھۍ سوچُن تہٕ گیہ ووُنی بے ایمانی .... مےٚ چھُ
لتس آنکار کوٗرمُت تہٕ یہ ہیٚکہٕ نہٕ ووُنی ییٚتھ ژٕلِتھ ۔

سیوا: کیاز نہٕ .... ؟ کُنہِ کمزور وزِ وادٕس پیٹھ کیازِ ہیکو نہ دوبار غور کرِتھ....
ژےٚ ونِتھ ہیکہِ تَس تہٕ چانہِ طرفہٕ ہیکوٗس ناٲسی ونِتھ زِ ......

جے پرکاش: ماجرا اگر پسند تہٕ آسہ نہٕ، لوٗتہٕ؟

ناتھ: ٹھہر سہ پرکاش ۔ اہنو اٲمس پیٹھ مہ تراو دباو ۔ اٲمس دِ پانہٕ فٲصلہ کرنہٕ ۔

جے پرکاش: فٲصلہ چھُن سوچنہ روٗستےٚ کوٗرمُت، یہ تہٕ چھو پانےٚ ونان....

ناتھ : یہ اگرامی وۆن تمِنک مطلب گوٚو زِ یہ چھےٚ تتھ بیٚٹھ وارِ سران سوچان ۔ تہٕ پلانےٚ ہیٚکہِ پنُن گوڈنیک فاصلہِ بدلاوِتھ ۔

جیوتی: بھائی جی ۔ مےٚ چھُوٚ نہٕ پنُن فاصلہِ بدلاوُن ۔

سیوا : جیوتی ۔ میون بوزی ۔ ژِ ہےٚ چھکھ یہ غلط قدم تُلِتھ پننٕ زندگی برباد کران ....

جیوتی : موجی ۔ میون فاصلہِ ہے چھُ پوٚختہٕ ۔

ناتھ : یہ ما چھکھ ہو ڈیٚتھ یہ کیٚتھ ونان ؟

جیوتی : نہ ۔

سیوا : امیُک نتیجہٕ ژِ نےٚ پےٚ ؟

جیوتی : آ ۔

ناتھ : جان گوٚو ونیلہٕ ۔ جیوتی چھُ پانےٚ پنُن فاصلہ کوزمُت ۔ اوِ کنہِ گوٚو ونہٕ اَتھ بیٚٹھ بیٚنہِ بحث لاگُن ۔ اَسہِ سارِنے پزن پانہٕ وُنی سارِی اختلاف مُشراوِنی تہٕ جیوتی سِتہ پکُن ۔ اُمِس پُس تہٕ مدد لگہِ سُہ کروس ورِتھ وانجہِ ۔ تی سہ پرکاش جی ؟

جے پرکاش : ( پننہِ مرضیہِ خلاف اِرِ سرِ کرِتھ ) اَہنسہ ۔ بہٕ تہٕ کرِ کوٚشِش ۔

ناتھ : نا، کوٚشِش نہٕ ، مدد تہٕ پیٚیی کرُن ۔ اسہِ چھےٚ پننس گرس منز پزٕی پاٹھی لگہٕ نتتر پولمت ۔ اَتھ منز گرِتھ نہٕ کُنہٕ رنگی ٹھوٚرُن ۔ اگر کُنہٕ کیٚتھ بیٚٹھ وُنہٕ تہٕ کانہہ اختلاف آسی ، صاف وُنی زٕ نتر بتھ ۔ مگر فاصلہِ گرِتھی پنُن آسُن ۔ اَکی سُند یہ کیٚنژہ ہاہٕ تہٕ فاصلہِ آسہِ تتھ گرِتھن سارِی سپورٹ کرِنی ۔

سیوا : یہ زاٚنِتھ تہٕ زِ سُہ آسہِ غلط وُنہ تہٕ پکان ؟

ناتھ: آ۔ توتہٕ۔ اسہِ کینژھاہ تہٕ وَنُن باوُن آسہٕ، تہٕ وَلَو اسی۔ تہٕ پَتہٕ کرِو
یہ یہ زانہہ منظور زِ یہِ چھُ شُریہہ سوچِتھ فأصلہٕ نیومُت۔

سیوا: مےٚ چھُہٕ یہِ کتھ کُنہِ تہٕ ژنگوپسند۔ ژٕ سنبال پَنُن اُکہِ تنتر۔ مےٚ چھُ
جیوتی ہُنٛد فاصلہٕ یکدم بے وقوفانہٕ باسان تہٕ یہِ چھُس موج تہٕ اوٕ کنہ
دِمُس نہٕ ہرگزٕ تہٕ پنٕنز منظوری ..... آخر یہِ چھُ سون گرٕ، چاٰنی پارٹی ما
چھُ زِ ڈسپلن باپتھ یہِ ژےٚ خوش کری تہٕ کرکھ۔

ناتھ: تیٚلہِ کیا سناہ کرکھ ژٕ؟

سیوا: بہٕ ہسا کرٕ مخالفت اکھ کھاندرس۔ چاٰنی کتھ کرٕ پارٹی ڈسپلن
پھُٹراوِتھ لغاوتھ ...... لو تہٕ چھیاہ جیوتی ہُنٛد فاصلہٕ گاٹہٕ جار
باسان؟ مول ہیٚے چھُس۔ ہناہ سوچ تہٕ وُچھ۔ یم گول مول جواب
نہٕ۔ لوٗزتھ۔

جےپرکاش: او بھائی جی۔ تہنٛز کیاہ راے چھےٚ، تنز تھ وُلو۔

ناتھ: بہٕ ہسا چھُس جیوتی ہنٛدِ طرفہٕ۔ یمو حالاتو مُنزٕ کُس لڑکہٕ ڈرامُت چھُ۔
ژمو حالاتو آسن ضوٗرٕ نفسیاتی شنز کٕ ژھنی ہتو۔ یہِ چھےٚ فطری کنتھاہ۔
لوٗدنے یم کھرٕ کٕ آسہن لتس منز، تیلہِ ماگزٕ ھہابہ حاران۔ مگر امی ستی ما
گووسہٕ بُد۔ ہی مے ناٹ بی اے جنٹلمین، بٹ ہی از ناٹ اے
سکاونڈرل۔ انسان آسنک پوٹینشل چھُ لتس منز۔ عقل چھُس، کل
چھُس، بتہٕ چھُس۔ ہنبو حالاتو باوجود ووت سُہ اکھ مقامس، یہ
ما چھےٚ سہل کمتھاہ؟ یہ چھُ ژمو شنز محنتس تہٕ ریاضتس ہُنٛد پھل۔ توبہ
ما چھُ پےٚ زٕ امہِ سنٛز برادری ہندی لوکھ کیاہ چھہٕ کران بشروتھ

پکنہٕ مو کھہٕ ۔ سُہ ہے تِتھ مقابلہٕ لال چھُہ ۔ اُمِس چھُہ ہناہ وُشنیر ک
ضوٗر وٗرِتھ ۔ سُہ ہیکہٕ نہٕ سوٗ بہٕ بِشر موٗرِتھ بٔنِتھ ۔ یہِ چھےٚ وقتک ضوٗر وٗرِتھ ۔
یہِ کاٗم نے جیوتی ہش کوٗر کرِ بہٕ تیٚلہٕ کُس ادٕ ؟ یتہٕ ہکو نہٕ وو نیٚ وٗنِتھ
زِ یہِ چھےٚ مُشکل کاٗم زِ کانٛہہ ہیکہٕ نہٕ کرِتھ ۔ اُتھی چھُ امہِ تِمس
وادٕ بہٕ دیُتمت ۔ اَسہِ پَزِ یتہٕ زانُن زِ سماجکہ امہِ ژٕکی ملکی ذِمہٕ دار
چھہٕ اُسی ۔ اَسہِ چھہٕ برونٹھے اُتھ سماجس دوکھ دیُتمت ۔ ژٕکہٕ چھہٕ اُسی
مُجرم ۔ یِتھین حالاتن منٛز اگر جیوتی پَنُن وادٕ پھٔٹراوِ بہٕ پننہٕ ذِمہٕ دارِ یہِ
لٕنشہٕ ہیٚنہٕ پلوٗت ، سُہ بہٕ آسہِ ہیتھے بیا کھ دوکھہٕ ۔ بہٕ گوو چیلیجن کھوٗژِتھ
ژلُن ۔ بہٕ اگر میانۍ کوٗر بہٕ یتھے پاٹھی کھوٗژِتھ ژٕلہِ ، سو آسہِ مےٚ کرِتھ شرمہ
ہنٛز کتھ ۔ (جیوتی لٕنش گژھ ماہرِ سان) آے ایم وِدیو ۔ جیو ۔ ژٕ یہِ
کرِ بہٕ ڈرامہِ چھکھ تِتھ منٛز ہیکہٕ عقلمندی بہٕ اُسِتھ بہٕ بے وقوفی بہٕ ۔ ووں
گو وہِ کتھ چھےٚ ضرور زِ ژٕ یہِ کران چھکھ ، بہٕ چھُ اُکس مہذب النسانس
شوبان بہٕ اَوے کِنی چھہٕ اُسی ژٕ ے ہتی ۔ گواہیڈ ماے چایلڈ ۔ وچھو
کیاہ بنہٕ ۔ اُسی چھہٕ ییٚتھی ۔

(پردٕ چھُ پیوان)

# دوٚیم ایکٹ

## منظر : اکھ

دوٚیم ایکٹ : گوڈنکی ایکٹک سٟے دیٚلوان خانہٕ

گوڈنیک منظر: اکیٚنہہ دوہہ چھ گُذریمِتۍ۔

کال بِل چھےٚ وزان۔ سیوا چھےٚ اندرٕ نیرِتھ بَرِ مُژراوان۔

تھیچمٕژ ژھینیٚمٕژ جیوتی چھےٚ دفتر پیٹھٕ واپس یِوان۔

سو چھےٚ امہٕ ساتہٕ ہوٚچھمٕژ ، زاٗوج ، کمزور ، تہٕ بڑوٚنہِمہِ لشہِ واٗلنہِ کنۍ بُڈ تہٕ

ہُریمٕژ باسان۔

ہٕٹس چھُس مومولی قسمُک منگل سوتر نالی۔

جیوتی چھےٚ یِوان۔ سیوایہِ چھےٚ وچھان تہٕ اندر ہہوان گژھن۔)

سیوا : بہٕ زِن پٔژ ژھےٚ راتھ رالتس کیتہٕ اٟسکھ نہٕ۔

جیوتی : دیناناتھ بِنس کھِٹس منز۔ تتی گیوو اَسہِ وار یاہ ژیر تہٕ اوِ کِنۍ شونگو تٔھتۍ۔

سیوا : (ژکھ کاژہٕ زِٹھِتھ) فون تہٕ ہیکہٕ نہ کٔرِتھ ژٕ ہتی ہیٚکوٚنہٕ یِتھ؟

جیوتی : تمس کیتہٕ چھُ فونےٚ تتہٕ؟

سیوا : اندی پکھو آسہے ناگُنہٕ ہوٹلس منز۔ یِیتہٕ رُودی اٟسی راٗتی رالتس ہشارے۔

جیوتی : (کھٕژھ کھٕژھ ہش) میٲنؠ لۆہ ہہ بۆرو نٕہٹے چھُ وُنہِ تھۆو مُت ژٕ مےٚ اَسُو زٕلو نہٕ پرارٲن۔ اگر مےٚ یُن آسہِ آسان، ہہ آسہٕ تیلہِ پانے یوان۔ نے تہٕ کٕہنی نہٕ۔

سیوا : (وۄ نی چھس نہٕ پانس تام روزان) جیوتی ہیٚہے چھُ گرٕ، یہ ناے چھُنہٕ کانٛہہ ہوٹل۔ (جیوتی چھےٚ کینٛہہ وَنہٕ رۆسےٚ اندر ہیوان اژُن) یینتہٕ چَلہِ نہٕ یہ۔ ژٕ چھکھ یینمی گرچ تہٕ امہِ ژٕنگو چھکھ نہٕ بینٛنہِ ذمہ داری زانان؟ کھاندرٕ پتہٕ چھےٚ ژےٚ لۆی رنگ ہاوٕنی ہینٛنہِ متی۔ مےٚ چھُ فِکرِ تران۔ راتھ کینٛہہ زن نہٕ میولےٚ فون، دۄ ہلہِ تہٕ ہیکہ نکھ کرٕتھ۔

جیوتی : دۄہ دُہس رٕوزس آفس کامہِ منٛزٕ پھٔسِتھ۔ لۆزٕ ہے وۄ تمے، وقتے ناے میوٗلُم نہٕ۔

سیوا : وُچھی، دۄ پےٚ گرس منٛز ییلہِ روزُن آسہِ کانٛسہِ تیلہِ پزٕ لس گرُک باژ بٕنِتھ روزُن نے تہٕ تیلہِ گیہِ سُلہِ گرٕ بینٛنہِ وَتھ ژٕھارٕنی۔ آ۔ ژٕ وۄ تمے۔

(جیوتی چھےٚ ہتھہِ پاٹھی سیوا یہ کُن نظراہ تراوان ژٕ سو زانہٕ ژٕ لَس توٗرٕ فِکرِ۔ پتہٕ چھےٚ ہیوان اندر اژُن)

سیوا : ژٕ ہیکٕکھ مےٚ ستاوِتھ۔ مگر پےٚ چھُیہ ژٕ نے واپس چھکھ یوان ناتھ جی چھُنہٕ اکھ زٕۄل تہٕ کران ....... دۄ یہ دۄ یہ بجہٕ تام چھُ چانی فِکر ژٕٹھتہٕ لرٕ پھرٕنی آسان دوان۔ کٕہنی نے تہٕ لَسند خیال کرٕ۔ سُہ ما اوس چانٛس کھاندرس خلاف۔ تیوٗت اوس خوش گژھتھ ژٕھان لیوٗت نہٕ پننہٕ وِزِ تہٕ اوس۔

جیوتی : اَدٕ سُہ وۄ نی کرٕ نہٕ یہ۔ (انیرٕ نہٕ موکھ پھیران۔)

سیوا : یمن چانٛہن کتھن منٛز چھُنہٕ نُواہ کٕہنی تہٕ۔ ..... پی روزکھ وَنان ژٕ

وۄنی کرِ ہٕ یہ تہٕ کرکھ بیٚیہِ تی یہ ژٕے کرُن چھُے آسان۔

وۄنی نہ بی ہیکھ ہٕ یہ ۄنِتھ چھُٹی لُبھتھ۔ ژٕے کوٚرُکھ بنِنہِ یٔژھِنہ کھاندرُک فاصلہ تہٕ پتہٕ دیُتھ کرُکھ تہٕ۔

جیوتی : تراوی ماجی یہ ٹاپک۔ پلیز۔۔۔۔۔

سیوا : چانہِ کھاندر پتہٕ ہے بدلیوو یٚیمہ گرُک رنگیے۔ ژٕ تہٕ کیٚتہ رۄزٕ کھ سو پرأنی جیوتی! ایٚتہ چھکھ آسان مگر زنتہٕ کانٛہہ ووٚپر۔ صِرف چھکھ بنِنہِ مجبور یہ کنی یَتھ گرس ہٕستی رِشتہٕ کھأوتھ۔ نہ زانکھ کُنہٕ کامہِ منٛز مدد کرُن۔ نہ چھےٚ ژٕے لِنشہ اَسہٕ تہٕ کانٛہہ آش۔ ژٕ چھکھ پانسے ہٕستی راُومژ ہِش آسان۔ گرژھکھ کُن تہٕ پتہٕ ہیکھ نہٕ واپس یِنٛنکھ ناوٕے۔ یِکھ پھیرتھ زنتہٕ پۄژھ آسکھ۔

جیوتی : مےٚ ووٚنُے ناسوآری!

سیوا : مےٚ چھُنہٕ یہ ہرگز تہٕ پسند۔ آ۔ یہ زن تھوٚومے ۄنِتھ۔

جیوتی : اہنی تہٕ تیٚلہِ کیاہ کرہٕ ؟ ژٕے وَنتم۔۔۔۔۔ گرِ تراوِتھ گژھاہ کُن؟

سیوا : واہ۔ شاباش چھُے اتھ ہوڑ؟ یہ نے بینٛنہٕ ہوڑ چھےٚ تہٕ پَتھ کِتھنٛز چھےٚ؟ مےٚ چھُ وارِ پاٹھۍ بوزُن لگان۔

جیوتی : یہ نا ے چھُنہٕ ہوڑ۔۔۔۔۔ اگر آسہ تہٕ، تیٚلہِ چھم پنٛنی۔

سیوا : (اَنکھ ہیوٗ بھس یِوان) گژھہ آسکھ ژٕ جیوتی۔۔۔۔ تہٕ وۄنی کیاہ چھےٚ گوٚمُت؟ مےٚ چھُنہٕ پنُن کہنی تہٕ وَنُن، وۄں گوٚوٕیس تکلیف ہوٚمن واتان چھُ۔۔۔۔۔۔

(دوارِ یاہ کوشش کرِتھ چھےٚ پانس بیٛتھ قوبو پراوان۔

ژھوپہٕ کرِتھ چھےٚ ووٚنی روزان۔
اندرٕ چھُ جے پرکاش نیران۔)

سیوا : کُنی کامہِ منٛز چھُنہٕ ہِمتن من لگان۔ پرٕ یِتھ ساتہٕ چھُ سونچان آسان۔

جیوتی : (نرم لہجہِ) اچھا، بہٕ گژھا ووٚنی اندر؟

سیوا : یوٚت خوش کرٕی گژھہٕ تہٕ۔ ژےٚ کُس بِی ہیٚکی یِتھ رٔٹِتھ؟

(جیوتی چھےٚ اندر اژان۔
سیوا چھےٚ کیٚنژس کالس رٲومٕژ ہِش ووٚدنی روزان۔)

جے پرکاش : مٲجی، ژٕ تہٕ بھائی جان کوتہے کال روٗزِو یِتھے پاٹھی ہمسوپہٕ بیہِتھ دزان۔

سیوا : ہُتا سُہ کُسو چھُ دزان؟ ِتم دوہہ ہا گیہِ۔

جے پرکاش : مےٚ چھُناہ پےٚتی روزِ سپدان۔ سپدان روٗزی تن تہٕ مےٚ کیاہ!

سیوا : وُنُن ہبا چھُنہٕ مُشکل۔

جے پرکاش : بھائی جی کیازِ یوٚت پریشان روزان؟ مےٚ زن چھُنہٕ بوزُن تگان۔ ِتموہے کھانْدس منٛز جیوتی ہنٛزی کیتھ ڈکھ رچو و؟.....
تیوٚ تے یوت کیازِ، الکھتوے ہے ِتموٕے اَکھ دس تجو و۔

سیوا : ییٚلہِ ہبا ژیٚتہِ ہنٛز کوٗراہ زیٚوی تہٕ اُتی گژھی سوٚ جوان، ادٕ تگی بوزُن۔

جے پرکاش : ییٚلہِ نہٕ جیوتی پالنس کانْہہ شکایتھ، تُہی کیازِ اَکھ جنجالس منٛز زنگ ژھنان؟

سیوا : دوٚیمےٚ نا ژےٚ نباہ تگی نہٕ بوزُن۔ (بیٚنہِ سےٚ موٚڈ) کیتھُ گرٕ اوس یہِ؟ کوتاہ رُت ماحول اوس؟ نہٕ وُچھہٕ ......

جے پرکاش : روزٕ ہے کیتھٕ سےٚ ماحول؟ یژٕ ییٚتھ کیٚنْہہ چھُ بدلان روزان۔ یُسے

بدلونس ماحولس ستی ٹکِھ ہیکہ، سُے ہیکہ لبسِھ۔ بیالجی ہُند اوصول چھُ پی۔

سیوا: اَسہِ اوس نہٕ پننی گرو جین یہ ہیچھنو وُمت زِ حالاتن ستی ستی گژھ بدلان روزان۔ تِم آسی وَنان زِ اَسہِ پزِن حالاتھے بدلاوِنی۔ نہٕ ادٕ اَسی تہٕ اَسی اَتھو مُرسِ منٛز زِ اَسی چھ حالاتھ بدلاوَن والین منٛزے۔

جے پرکاش: تہِندزن سارِنے پریشانین ہُند مول چھُ لوٚہے۔ حالاتن ہندِ بدلنک تہٕ چھُ قاعدِ آسان۔ تِم چھِنہٕ کانٛسِہ ہندِ موکھ ٹھہران۔

سیوا: زِ ہبا چھُکھ پوٚز وَنان۔ وونی چھِم بوزُن لگان۔ مگر وونی کیتھ پأٹھۍ ہیکوا اتھ پیٹھ ٹِکِھ؟

جے پرکاش: وُچھی جیوتی چھُ پانہٕ پننہٕ خوشیہ سان تہٕ پننہٕ رضامندی سان اکھ فأصلہ نیوٚ مُت۔ اکھ کیاہ نیرِ نتیجہ، تہٕ ہیٚیس پانس وہیٚژن۔ بہ زن نہٕ پکِھہ کانٛہہ فأصلہ نمتیک تہٕ آسہِ مے ہیترٲوُن۔ چھُناہ پوٚز؟ تو ہہ کیاہ اَتھ ستی؟ تُھو کیا زِ روٗزِو دوہ کھ ہیھ؟ بہ چھُسو وَنان زِ اَسہِ کیتھ چھایہ کم کینٛہہ زِلق ہہ کھیاؤک وِچاوک وِ اَسی تہٕ واتناوکؤ اَسی۔ وونی ترأوی توٚ اَسہِ پننس حالس۔

سیوا: توتہٕ ہبا چھے دِلس ذگ کرأنی۔ تتھ کیاہ کرِ ک زِ؟

(اگانٹی چھے وزان۔ جے پرکاش چھ گژھان تہٕ بَرمُٹرٲوان۔ ناتھ چھ اندر اژان۔ ہتھو کُمت ژھیوٚ نمُت۔ جے پرکاش چھُ تِمسندِ اَتھِ منٛز لوکُٹ سوٗٹ کیس رٹان۔)

ناتھ: (فایلہ میزس پیٹھ تھأوِتھ) وہل..... وہل..... وہل... کیاہ دلیلاہ

چھےٚ ؟ ہاو اِز ایوری بَڈی ؟

جے پرکاش : فائن ۔

ناتھ : از دُہس روٗز سخ ترٛپہٕ ترٛ پھ ۔ ویری ہکٹک ۔ ہاؤس منٛزروٗز آبجیکشنہٕ پیٹھ آبجیکشن و و بتھان ..... اکھ واک آوٹ تہٕ گوو ۔ ...... مُنٛز ی روٗد اَڈرس گائنٹس شور تہٕ تھمپنگ پروگرام تہٕ ..... اَتھو منٛز روٗد ی بدٕلے بدٕلے لگھ بدٕلے بدٕلے کامہٕ ہیٚنیٚ ہیٚنیٚ لوان تہٕ گرٛزھان ۔ بیٛٹھہٕ ہتھہٕ بجے یہ زٛور ۔ ٹیکسی کرٕم تہٕ آس ۔

سیوا : پیٹھ آسو تہٕ راتس نیٖنٛدر تہٕ کرٕمژ ۔ صبحے وُٹھتو وٕ تہٕ ژٹ وٕ دکن کوئین" لوٚ ہہٕ پرٕ ہے یمن دُہن بمبیہٕ منٛزٕ روزٕن ۔ کنہی نے تہٕ پالنس دِی ہو آراٚمے ۔

ناتھ : دیٹ اِز آل رائٹ ۔ توٚ تہٕ چھےٚ یکہہ چھٹی ۔ وٕن گھویٚلہٕ سیشنس دوران کانہہ زیو تہٕ بورنگ تقریر چھ آسان ، اَسی چھ ژوٗرِ یا کھٹو زوٗل کھنڈ کراٚنے ۔ مگر از سپٕدہٕ تترٕ ۔ ___ پرکاش بابو ، کیاہ چایہٕ پیالاہ بنیاہ ؟

(ایاد چھس پیوان تہٕ سیوایہٕ کُن نرمی سان ۔)

جیوتی آیاہ ؟

سیوا : بس ونی لوٚ ہہٕ برو ژہہ بہن ۔

(ناتھ چھُ ہناہ مطمئن ہیوٚ سپدان ۔ جے پرکاش چھ نیران ۔)

ناتھ : وارے چھاسو ؟ کینٛہہ ماخاص کتھاہ ؟

سیوا : پٕرژھوس ۔ دوٚ ہم زِ اَسی اَسی دو نوٚے گُستام دوہ تہٕ ٹشدگمتی ۔ ژیر

اوس گومُت تہٕ اِ کینژ شوٗنگی تھو۔ دو ہے کئیٚ جواب! دپیومس
اَسہِ پھِھے فِکر لگان۔ تورِ ژھیم دِیان تھُو مہ أسو فِکر رٹان ۔مون نہٕ
راتس روزا یہِ توٗری، صبحے تہٕ گرٛژھ گرِ ینیٛ ۔ بتہٕ نے ہٕ اہِنی فوٗنے
کرٚ..... یمن ژھُنا آفنہٕ فون؟

ناتھ: وون کیاہ گوو۔ آسِس نہٕ وَق میوٗلمُت .....

سیوا: تہٕ أسی ہے بیٚتہٕ فِکرِ ستی گلان أسی، تہٕ ژھناہ کہنی؟ یاہ کہتھٕ کنی ڈرایہٕ
تھُو صبحے بمبیہ؟ مے لتش چھا کینہہ ژوٗرِ؟ فون کرنس سُمب تہٕ اوٗس
نہٕ سمے!

ناتھ: جیوتی پھِھے گاژٕ کوٗر۔ یہِ أسو تس وَنان چھہِ، تس کیاہ پانس ژھناہ
تس تہٕ پئے؟ توتہٕ اگر نہ کانہہ کہتھ تسندِ ذٔسی اندان پھِھے تتھ آسہٕ
کانہہ نتہٕ کانہہ وجہ۔

سیوا: جان گوو ۔مے کیاہ ۔سارِنے آسہٕ پنٕن پنٕن کانہہ وجہ۔

ناتھ: توتہٕ پزن اَسہٕ نوی حالاتھ قبوٗل کرنی۔ اٰخر جیوتی ہے تس ستی کھاندر
چھہ کوٗرمُت۔

سیوا: اِ کیاہ کرتہٕ ژٕ قبوٗل ..... ژے ترٲوتھن سو ۔کھاتھن پانے نکھن۔

ناتھ: اِ پتھ کیاہ سناہ ہیکہِ ہوٗ کرِتھ؟ ون ژے۔

سیوا: دمہِ ہوٗزن تہٕ یہ کھاندر سیدِ نہٕ......

ناتھ: جیوتی أس نا قانونہٕ کینژ بالغ ۔یتہٕ اوس پانے کھاندر کرنک فاصلہٕ کوٗرمُت۔
أسی زن رکا دہون تہٕ ، سو کیاہ ہیٚکہِ ہے ہاپتھ؟ یہ اوس پوٗرِ پاٹھی تمی سُنٛز
مرضیہ ہُند سوال۔ أسی کم سناہ أسی پننہِ کہتھ مانزاون والی؟

سیوا : کوٗر زن آسہ پانہٕ کھوڈس منز ووٹھ لگاوٕن واجینہٕ ، ژٕ کیا دیہ ہیسہ تی کرِنہٕ ؟

ناتھ : آ ، بہ دِمس ووٹھ ژٕھنہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ اتھ کتھہِ منز زٕرٛھ تہٕ شک ۔ بہ وٕنس دہِہ پھیر ہتھ پھیر ۔ تمہِ بیٚیہٕ تہٕ ہیے سو کھوڈس منز ووٹھ ژٕھنہٕ بیٚیرٛھ تہٕ بہٕ کیاہ سَناکرس ۔

سیوا : پننہِ شکلہٕک اولاد تہٕ زن گوو پننہِ کورِ تہٕ ناہ ؟

(جے پرکاش چھُ ٹرے منز چاے ہیٚتھ یِوان ۔)

ناتھ : تہٕ زن گوو ، ژٕ تہٕ رٕٹھ نہ ہیٚتھ ۔ ووٚں گوو لتہ بہ اگر کانٛہہ تکلیف واتہِ ، سُہ واتہِ میٚتہِ ۔ تکیازِ تہٕ چھو مےٚ پننی ۔ یمن قدرن پیٹھ مےٚ پننہِ گرِہ ہنبر پرٛتھ چھےٚ ، تمن پیٹھ چھےٚ مےٚ پننہِ گرِ تہٕ پرٛتھ ۔ یِس کانٛسہِ تہٕ سَرٕنگ سوچنک بتر آسہ ، تَس سِتی ہیکہٕ نہٕ بہ زبردستی کرٕتھ ۔ ہرگز تہٕ نہٕ ۔ ہیٚتھ رٕد جیوتی ہُند فاصلہٕ تتھ منز باسے یہ نہ مےٚ زٕرٛھ تہٕ غلطی ۔

سیوا : تمہِ کے ہیچکھ پیٚترا وان ، راتھ واد نیٚندر رٕوٗستےٚ ۔

ناتھ : (چاے چیوان چیوان) مان تہٕ تمہِ آسِہے کانٛسہِ غار دٕلت لڑکس سِتہِ ۔۔۔۔۔ اَمِس ارٕونس بدلہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ سِتی کھاندر کوٗرمُت ۔ کیاہ ژٕ ہیکہٕ ہکھاہ گارنٹی دِتھ زِ اَسہِ ہیلہٕ ہیے سو کھیچ نیٚندرِ ؟ یرٕ ہیٚتھ کانٛہہ نوٚو رشتہٕ چھُ پننہِ جایہ اکھ مسلہٕ آسی ہتے ۔ آخر کوٗرہےٚ سانی چھےٚ ۔ نیٚندراسہِ راوِہٕ تہٕ ہیٚتھ کس ؟ ! اِدٕسہ تہٕ ژٕھٹہ یہ کتھ ۔

(جے پرکاشس کُن ۔)

اِدٕسہٕ یِہٕ چھون کالج کیاہ اَزونان ؟ بوزنا وکیئنژھاہ۔

جے پرکاش: (ہِناہ لوٗتی پٕہن) جیوتی چھوٗ اٚکیاہ وۄدنی۔ (دروازس کُن ہاوان۔)

ناتھ: کُس ؟ جیو ؟

(وۄتھان یہٕ دروازس تام گژھان یہٕ اندر کُن وُچھان۔)

کیاہ سہٕ ژٕ چھکھہٕ اَسہٕ باٗژن دۄن ہِنٛز کہنہٕ ژۄرِ ژۄرِ لوزان ؟ اَکھ

پیٹھ بییٖ شُٹلکھہ ــــ کیاہ دوٚپہٕے ؟

(اتھ چھُ لتس اندرِ پیٹھ نٛمبر کڈِتھ اَنان تھٕچھ کرِتھ یہٕ لتس پانس

نکھہٕ بیہناوان۔)

بیہہ سایتنتین۔ ژٕ ے سیوٗد پانے نٛمبرِ پتھ اَسہٕ لنش بہتھ ہیکہٕ نکھ

ژۄرِ ژھینیہٕ رۄزِتھ کیاہ ادس بوزِ نےٗ ؟

رٕٹھ سہٕ چاے چیٚے۔ مےٚ چھےٚ نہٕ ونہٕ یہٕ ژھیٹراٗومژ۔ رٕٹھ سہٕ۔

جیوتی: نہٕ۔ تُہی چیٚیو۔

ناتھ: رٕٹھ وۄنی۔ اَسہٕ کیاہ ؟ اَسی ہے کونسل ہالس منٛز دوٚہ ہی دُہس چاے

چھہٕ چیوان روزان۔ اِدٕسہٕ نکھ اَڑ اَڑ چیمو۔ (اَڑ چاے لتس دِوان یہٕ

اَڑاہ پانس رٹان۔ چاے چیوان چھُ جیوتی کُن وُچھان۔ ہنگہٕ یہٕ منگہٕ

چھُس لمتی ہندس اَتھس کُن نظر پیوان۔ اَتی چھُ سنجیدٕ ہیوٗ گژھان۔)

یہٕ کیاہ چھےٚ اَتھس ؟

(جیوتی چھےٚ جل جل اَتھہٕ ژۄرِ تھاوان۔)

جیوتی: کہین یہٕ نہٕ ..... تُہی چیٚیو چاے ..... چیٚیو .....

(اَچھن چھُس اوٗش یِوان۔ ہٹس چھُس بکھہ ہیوٗ یِوان۔ سو

چھےٚ جذباتن پٮ۪ٹھ رٔٹنچ کوشِش کران ۔)

پلیز .... دم کرِو نی ژھوٗپہٕ ۔ جیوتی چھےٚ یکدم ووٚھتان تہٕ وُٹھۍ

اندر ہیوان گژھن ۔)

ناتھ: جیوتی ٹھہری ۔ اَندر مَے گژھ ۔

(جیوتی چھےٚ ٹھہران ۔ مگر پتھ کُن چھےٚ نہٕ وُچھان ۔)

ناتھ: ووہ لہٕ لیوٗزی ۔ ژٕ نیر کھاہ ساری ییٚتھن تراوِتھ ودان ودان ۔ یہ کیتہٕ چھےٚ

مےٚ پسند ۔ اَز بٔڑو نہہ نے زانہہ تہٕ پہٕ ژٕ نے کو رُمت چھُھتہ ؟

(سو چھےٚ تھر پھرتھ ووہ دنہ تہٕ پننین جذباتن پیٹھ قٲبو ہینچ

کوشِش کران ۔)

ناتھ: اگر نہٕ ژٕ یژھان آسکھ، اَسی کرو نہٕ اَمچ کانہہ کتھ ۔ مگر پتھ یا ٹھو

مہ نیر ۔

(جیوتی ییٚتھن ووہ دِنی اَتھ تتھ نے چھےٚ تھر پھرتھ کرسیہ پیٹھ

بہان ۔ کینژن ژٕھین چھےٚ ژھوپہٕ گژھان ۔)

(کینژس کالس ژھوپہٕ)

ناتھ: (ووہ ھتان تہٕ ژٕری ژٕری سوٗ رچھتھ) جیوتی پہٕ چھُس یژھان ژٕ نے ستی

مختلف قسمچ کتھ کرٕن ۔ ژٕ گر اَتھ پیٹھ غور ۔ اروٗنس ستی تہٕ کرکتھ تہٕ

اتی پہ اندِ تہٕ وَن آسہ ۔ اَتھ منز چھِنہٕ کانہہ باہر ۔ یوٗ کین ٹیک یور

ٹایم ۔ (سیوا پہٕ تہٕ جے پر کانٹسی کُن وُچھتھ) یہ تہٕ گوو جانہٕ زبرتھ

دُہکی یاٹھو چھ اَز تہٕ اَسی ساری شمتھ .... تہٕ ینہ پہٕ زانوٗزِ یہ کیتہ کیاہ

آپہ وُنی وُنی مےٚ منس منز ۔ واریاہ دوہ وآئم سوچان وناہ کینہٕ ونہٕ ۔

لۆزی وَے تہٕ بہٕ اوٗسس پۆشامٕن یہٕ لوٗ ہہٕ ؤنُن یڑھان۔ لوٗے تہٕ اوٗسم پیٹھ تیتھ بمبیہ پیٹھ پھیرتھ یُن۔ جیوتی یہٕ چھُس یڑھان تھٕو دوٗ لوٗے پیو وٕوں پۆری لبنہٕ۔

(سیوا یہٕ کُن وُچھتھ یوٚ سہٕ انکار کرنہٕ موکھ تبلیغ چھے۔)

ویٹ ویٹ .... ویٹ .... مے دِیوگو ڈِ ساعرے کنھ ونہٕ تمہ پَنہٕ یہ پریتھ کأنسہ راے دِنُک موقہٕ دِنہٕ۔ بہٕ کیازِ سناہ چھس تہٕ یڑھان بتہٕ دِلوٗم وَنہٕ۔ بیٚلہٕ پنہٕ جیوتی ہُند کھاندر گو، تمہ سانٕہ اَس ارٕژن راوس سنگل روٗم ٹمپورری میلیہ آش۔ مگر سہٕ روٗم تہٕ ماہ میوٗلس۔ کُنہٕ کُنہٕ چھے آنکوَن ایزیران۔ اِکنہِ یۆ تام پِہ مکانُک کانْہہ پکہٕ انتظام گژھیکھ، توٗ تام روزِ جیوتی مالِنی تہٕ ارٕژن روزِ مکان ژھاران۔ یہٕ چھُ ہموے فأصلہ کوٗرمُت۔ تہٕ ییٚہٕ چھُنہٕ پۆنا ہس منٔز بۆڈ رقم دِتھ تہٕ مکان سُہل سُہل میلان۔ خبر کر میلیکھ مکانہٕ۔ تِتھ مُتلق ہیکو نہٕ کہنی وٕنتھ۔ اِکنہِ چھُنہٕ مےٚ من پرژان زِ کھاندر سپدِتھ تہٕ روزن ہم باژِ زوارہس کانٕس بیوٚن بیوٚن۔ ییٚہٕ چھُ ارٕژن راوانہ ییٚمس دوستس لنش تہٕ پکھہٕ ہُمس دوستس لنش ڈیرِ تراوان۔ یہٕ مکانہٕ ہے آخر اَسہِ پَنُن چھُ۔ زیادٕ بۆڈ زن چھُنہٕ۔ مگر تیوٚت لوکُٹ تہٕ چھُنہٕ تہٕ جیوتی چھے بڑو ژُھٹھے ییٚتھی روزان آمژ۔ بیٚاکھ زوٚن تہٕ ہیکہٕ سُہل پأٹھۍ ایکوموڈیٹ گژھتھ۔ اَسی ہیکوٚن سہٕ ایکوموڈیٹ کرِتھ۔ تی نا سیوا؟

(سیوا چھے سنجیدٕ گژھان۔ تَس چھُنہٕ یہ تجویز رژھ تہٕ پسند

وٕں گوٚ ویور چھُنہٕ کہیں پتہٕ ونان۔)

ناتھ : کیا سہ جے پرکاش؟

جے پرکاش : (اڈٕری نہٕ پتہٕ لوٗری ہیوٗ) اَں ....

ناتھ : جیوٗ، ژٕ کیاہ ونان؟

(جیوتی چھےٚ ہِنی جایہٕ ہیتھ ترٛیٚیہٕ ژوٗرِ پھیر لنکار کران۔ کھڑ کٕڑی ہِتھے چھےٚ روزان۔)

ناتھ : ژےٚ چھےٚ نا یہٕ منظور کیٚنہہ؟

جیوتی : (ژکھ ہوت) نہ .......نہ ..... مےٚ چھُنہٕ منظور .....

ناتھ : ژےٚ پیٚیی تیٚلہٕ وَنُن کیازِ۔

جیوتی : وجہ نہ کہیں۔ بَس مےٚ چھُنہٕ۔

ناتھ : اَسہِ کرِی ہو نہ اتھ پیٹھ زانہہ پتہٕ کتھ۔ یُہ ہیو لوٗگو یُور ریزنز جیوتی۔ مےٚ دِتی پننہِ ریزنز۔

(جیوتی چھےٚ ژھوپہ گٕڑھتھ)

ناتھ : لو.... لو .... یہ کیٚنہہ نہٕ آسہٕ وجہ، ژےٚ پیٚیی ونُنے۔

جیوتی : (لاچار پأٹھی) سُہ ..... سُہ ہیٚکہٕ نہ یور پیتھ۔ یُتھ مکالنس مشر ہیٚکہٕ نہ پیتھ، تکیازِ .....(سیٹھاہ ژٕکھتھ) یہ چھُس تَس لِنشہِ بیوٗن دراہِژ..... یہ گرژھ نہ لتس لِنش بیٚیہٕ زانہہ.....زِ تھےٚ پتہٕ پتہٕ پتہٕ۔

(سارٕنے چھ لیٚوہےٚ لقوٕ ہیوٗ گرژھان۔)

جیوتی : سورُےمو کلیٚو و.......

ناتھ : (ایکا یک) لو، لو، لو، جیوتی، ڈونٹ ٹیل می ......

جیوتی : اَے مَسٹ ٹیل یُو۔ بھائی جی۔ اَے مَسٹ۔ اَے ایم فیڈ اپ آف ہِم۔ فیڈ اَپ!

(سو چھےٚ بڑٕ بڑٕ وَدان۔ سیٹھاہ کٔرتھ چھےٚ پالنس پیٹھ قو بو لکبان۔)

ناتھ : (لتس نکھہ گژھ) کہی دلیل چھےٚ؟

(سُہ چھُ لتس نکھہ بیہان۔ باسان چھُ جیوتی یِہ نہٕ مٕژرنہٕ۔)

وَنی ہے۔ ژٕ ہے مےٚ سوٗرے ونان آسکھ۔ وَن سَہ!

(سُہ چھُ لتس ٹاٹھنیارٕ سان کوم یژھان کرٕن۔ مگر سو چھےٚ نہٕ یوان۔)

جیوتی : مےٚ مہ کٔرو لوٗت ٹاٹھنیار۔ بھائی جی۔ بہٕ ہیمو وڈُن نہٕ بہٕ چھس نہٕ وڈُن یژھان۔ (اَنگہٕ بِہِتھ) مےٚ چھُ ہیوٚ چھمُت ودنہ ورٲے ژاٹُن۔ مےٚ چھےٚنہٕ گژاو تہٕ کرنی۔ مےٚ اوس پانے فاصلہٕ نیوٗمُت۔ مےٚ پزٕ پانے وٕہراوُن۔ کُنی زنہٕ۔

سیوا : اہنی تہٕ گو وکیاہ؟

جیوتی : بہٕ ولنو ہنہٕ۔ مےٚ مہ پرژھو۔

(سو چھےٚنہٕ وٗنہٕ تہٕ ڈنجہٕ آمژ۔)

جے پرکاش : ٹمی چھیہ ژٕ ے بیٚنیہ لویمُت؟ بیٚنیہ؟

جیوتی : (اوٚشس ووٕتھراوِتھ) سو چھےٚنہٕ کانہہ بُڈکھ.....

ناتھ : تیلہٕ سپد کیاہ؟...... ژٕ ژٕ ے ینو تھ یکہ وَٹے ہیٚم فاصلہٕ؟

جیوتی : (ووٕتھان، اندر ہیوان گژھن) مےٚ چھےٚنہٕ پَے..... (فونہٕ چھ گانٹی

بُوزِتھ دِیہ ہوٚت ) یہ گٔژھ تمۆ سنٛدٕ آسُن۔

ناتھ : (فونس پیٹھ ) ہیلو ..... ناتھ دیوی لال کر۔ اِکُس ؟ ارون راو ؟

.... جیوتی ؟ آ ییٚتی چھےٚ۔ نمستے ارُون راو ! یہ چھُس ناتھ۔

آ چھےٚ یکیا دِمَس ۔ ٹھہر ۔ (جیوتی کُن ) ارون راو۔

(جیوتی چھےٚ بلی ریسیور تُلان۔)

جیوتی : (فونس پیٹھ بےٚ زٕ و پاٹھۆ نگر تروشور سان) ہیلو۔

(سو چھےٚ بوزان۔ ہمِتھس پیٹھ چھس ژکھ۔ ژالنک تاب
مو کلِتھ تہٕ پالس پیٹھ فوبُو کرِتھ۔ وُٹھ ژاپان ۔ واریاہ بوٗزِتھ)
تھینک یُو۔ آ۔ سے تھینک یُو سو مَچ۔

(ازو رٕ ریسیور تراوان)

ناتھ : کیاہ اوس ونان ؟

جیوتی : کہیں نہ خاکھ۔

(پالس اَتھ ہیوٗ اَنِتھ وژھے اندراژان)

جے پرکاش : باسان چھُ لتس ستی چھےٚ پوٗرٕ پاٹھۆ تنگ آمژ۔

سیوا : اِدِ کیاہ ، نتہٕ کیاہ گۆژھ سپدُن۔

جے پرکاش : لتنٛدی اَطوار آسی گو ڈٕ پیٹھے ییٚتھی۔ کتہٕ سہ تہٕ کتہٕ سأنی جیوتی !

سیوا : (ناتھس کُن ) تہٕ ییاٚری آسی وٕ تھۆ لتس لوٗری اننٕ کی شتر کران۔

جے پرکاش : بھائی جی ، لتو یہ کیاہ اوس منس منشز آمُت ؟ سواہ ییٚتہٕ ؟

ناتھ : (رووُمُت رووُمُت) میےٚ اوس سوٗچمت زِ یہ سپدُن آسیہ تہٕ
سپدِ ییٚتی ساہن اَچھن بروٗنٹھ کنہٕ ..... دہلو کاژی روزِ ہے

......مگر یہ ڈولپمنٹ چھُ سخ پریشان کرِ وُن۔

(اَسہ چھُ پریشانی منز اور یور ہیوان کرُن۔ سَم تھِنگ، ہیز لوٗ بی ڈن اباوٹ اِٹ ...... سم تھِنگ ....)

سیوا: کیاہ ئناہ ہیکلکھ کرِتھ؟ کھوٗتہٕ ژٕ ٹھ کرِ ہسا نصیحتھ؟

ناتھ: (اہنگہٕ تہٕ منگہٕ چھُس نہ پالنس تام روزان) سٹاپ اِٹ۔ اَے سے، سٹاپ اِٹ! اَمس بچارِ ہندِ مرُنگ یا زوٗ نک سوال ژٕ لگ یہ بِھوگِندہٕ ہناہ باسان۔ نالایق۔ (لتس چھےٚ کھرکھرِ ووہان۔)

(سیوا تہٕ جے پرکاش چھہِ اَمس اَتھ حالس منز وچھتھ رہیتھ ہوی گرٕ ھان۔)

جے پرکاش: بھائی جی، مٲج نہ تَسہ اَسوِ گنڈران.....

سیوا: ترٲوو کتھاہ پرکاشہ!

ناتھ: (واریاہ نرمیتھ) اَے لو۔ مےٚ اوس نہ پالنس تام روومُت۔ اَے اپولوجایز۔ سیوا۔ مےٚ دِ مٲفی۔

سیوا: یہ چھُس درپان۔ لگ یہ ووت یہنٛدِ ڈَسی واریاہ تکلیف۔

ناتھ: (جوشس یتھ) سیوا دپان چھُس یہ خوبصورتھ تجربہ گوٗرٕھ ہٕ کُنی کُنی ناکام گژُھن۔ یہ خاب ہے لوٗرِ گرٕھ ہے کیاہ جان گرٕھ ہے۔ یہ گوٗرٕھ سانین اَچھن برونٛٹھ کِنہ لرٕھ گژُھن۔ اَسہ پٮ۪یہ کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ کرنے۔ کھاندر گرٕھ نہ پھُٹن۔ یہ چھہٕ پنتہٕ جیوتی ہندِ موکھے ...... یہ چھُہٕ صرف سانی کور ہُنٛد سوال، سیوا یہ چھُ..... یہ چھُ بڈٕ اہم مسلہٕ..... یہ چھُ اَکھ مولہٕ روٗس تجربہٕ۔

سیوا : (اژکھ ساپنے) اَتھ مَسلس پیٹھ اُس گوڈ پیٹھے میٔ ذرا ے صاف۔
یہ کھاندر چھُپی نہ ژکہِ کھاندر۔ ووں گووژے چھُکھ وناں نہٕ یہٕ تہٕ
چھُس ژے ستی۔ ونہٕ مےٚ کیاہ چھُم کرُن۔ ڈلو مےٚ کیاہ چھُ کرُن۔

(دروازٕچ گاٚنٹی چھےٚ وار یہس کالِس وژان۔ جے پرکاش
چھُ وتھِتھ دروازٕ مژراوان۔ اورٕ چھُ یوان ارُن۔ سُہ چھُ چیتھ)

ارُن : (دروازس پیٹھ ووٚدنی جے پرکاشس کُن) جیوتی.... جیوتی چھا؟ جیوتی
کتہٕ چھےٚ۔ مےٚ چھُ جیوتیس سمکھُن۔

(جے پرکاش چھُ ووٚدنہٕ ہیتھ پاٹھٕ رُسے، مگر اندری یُس وُلبوٚدر
ووٚ کھمُت چھُس تمیک چھُس ہُتھس پیٹھ نوٚنے۔

ناتھ : (ابرو تھٕڑ ہیرتھ) ارُن راوٕ؟ ووٚلہٕ یکھ اُژ۔ نیبر کتہٕ کیازٕ چھُکھ ووٚدنہٕ؟
ارُن : نہ..... مےٚ چھُس جیوتیس ستی..... (آلو دِتھ) جیوتی.... جیوتی....
ناتھ : (ارُنس اندر نوان نوان) گوڈ گوو اندر اژُن۔ بیہہ۔ یہٕ اَنن جیوتی۔
یتھٕ پاٹھٕ چھا ووٚ یہٕ سندی پاٹھٕ نیبر کنی روزان؟
ارُن : بیٹھنک ٹایم چھُنہٕ..... جیوتیس کرٕ آلو۔ مےٚ چھُس جیوتیس سمکھُن۔
ناتھ : (جے پرکاشس کُن) گژھ سہٕ جیوتی دِکھ یوُرِ یُن۔ ڈیپ زہس یہ چھےٚ
ارُن راو آمُت۔

(یوٚہے نوکر یہٕ سندی پاٹھٕ اندر گژھان)

ناتھ : (ارُنس کُن) کیاہ ہیٚیو؟ دِپھ آمتی ہے چھو۔ اَتہٕ کھیٚیہ تواَسی ستی۔
ارُن : نہ۔ تو ہیہ لوکن ستی اسہ کھینک اوقات چھُنہٕ۔
ناتھ : پی چھا وَنان؟ سیوا یہندٕ کھیٚنک کرٕ وشتہٕ۔

اروُن : نہ مےٚ چھس جیوتیس سمکھُن تہٕ کھوٚرن کھیچھ کرُن۔ مےٚ چھُس لتس چھا منگن بس۔ بیٚے چھس نہ کہنی۔

(جے پرکاش چھُ لوان۔)

جے پرکاش : (ناکھس کُن تیتھہٕ پاٹھۍ یُتھہٕ اروُن تہٕ لوزِ) جیوتی چھوٚ ییٚ لوان۔ دپان چھُو یُس تہٕ آمُت چھُ، تمِس ڈلوٚ نیرن ییٚتہٕ۔

اروُن : (ؤکھیتھ) لوز بتھا؟ جیوتی چھُس مےٚ سمکھُن یرٚھان! جیون جیوتی۔ مےٚ ہتی چھس نہ سمکھن یرٚھان۔ میون جیوتی چھس از مےٚ دپان گرٚھن۔ لسُند چھُنہٕ کانہہ گلتی۔ گلتی چھُس میونٕے۔ بہ چھُس تسُندِ نجرِ منٛز لوٚڈ گُنہگار۔ یہ یہٕ کرِ تہٕ۔ میأنی گناہ ہیٚکن ہٕ چھلنہٕ یتھ.... زاہ نہ.... بہ چھس بڑا بُرا آدمی۔ کمینہ۔ مادر چود چھُس..... بہ چھُس لتس لایان۔ یموٚ اَتھوٚ ہتی چھس لتس لایان۔ بہ چھس جو تیس سخ لایان۔ پننہٕ جیوتی چھُس بہٕ سخ دُکھ دوان۔ تمِس ہتی بہ جانورٕ سندِ کھوٚتہٕ اُلیٹہٕ پاٹھۍ سلوک کران۔ سو ہیکہِ نہ مےٚ زانہہ تہٕ معاف کرِتھ۔ مےٚ چھُ خبر۔ جیوتی چھسی ہٕ میأنِس نصیبس منٛز۔ لوٚز چھُ تِ۔ جیوتی کیتہٕ مےٚ ہوِس نیچ کمینہ مہار۔ لوٚ لوٚ دراس بہ تِ یہ بہٕ چھُس۔ گندگی منٛزٕ ے چھُم مرُن۔ میٚون پریم چھُس ہٕ اُپرٚ۔ مگر جیوتی بہ روزٕ ژےٚ آخری دمس تام پریم کران۔ جیوتی مےٚ چھُس لوٚز پریم۔ یموٚ اَتھوٚ دیٚتےٚ ناژرے دگ۔ ژڈٕ بھتے پزن یم اتھہٕ نرٕ ژھنن۔ پھٹراون پزن یم اَتھہٕ۔ ژٹھتہٕ ژھنن۔

(سُہ چھُ پینٹہٕ کہ چندِ منٛزٕ اَکھ شرٛاکھ کڈان)

ناکھ : (اتھ ہرِتھ) اروُن راوِ یہ کیاہ چھوٚ کران؟ یہ مہ کرُو۔ شرٛاکہ تیچ تراٚوِ گوٚڈٕ۔

اروٗن راو۔

اروٗن: نا۔ ووہں بہٕ رُکن وول چھُس نہٕ ۔ اَتھٕ ژٹکھ تہٕ کرٕکھ جیوتیس ارپن۔ اَدے ترٕیس فِکرٕ زاروِنس اوٗسس پریم پوٗزٕ تہٕ پاپ ۔

(سیوا چھے کرٕزھ تام ہِش ۔ جے پرکاشس بیٹھ چھُنہٕ امیک کاٗنہہ اثر۔)

ناتھ: پرکاش ...... شراکہٕ ہیٚچھ ہا ......

(جے پرکاش چھُ گرٕزھتھ لَس شراکہٕ تُج اَتھٕ موٗرِتھ لوان۔ لَس چھُنہٕ کِہنہہ چلان۔)

اروٗن: میون شراکھ کرو واپس۔ یَتھٕ اَتھٕ ژٹنہٕ دِ مےٚ۔ یٚپنِس جوتیس خاطر ہیکس بہٕ لوتہٕ یوٗتاہ کرِتھ۔ مےٚ مرنہٕ دِ۔

(جیوتی ہُندنا و ہیتھ چھُ باکہٕ دِوان۔)

بہٕ ییٚچھ چھُس۔ جیوتی ...... چانہٕ جونہٕ تلن قابل تہٕ چھس نہٕ۔ بہٕ جیوتی......

ناتھ: (یہ ناٲتھ زِ شرابہٕ کِس نشس سٟتی چھُ ڈرامایی سانگ تہٕ) اروٗن راو۔ اندیٚ ٹکھو ہمسایِن بلی تماشہٕ ہاوِنہٕ سٟتی چھُنہٕ کاٗنہہ فایدٕ۔ ژھوپہٕ کٔرِو۔ ہوشس منز ییو۔

اروٗن: بہٕ کیاہ تہٕ کرٕس میاٗنی پاپ ہیکن نہٕ چھلنہٕ ییتھ۔ بہٕ کیاہ کرٕس بھائی جی؟

ناتھ: اِدٕ وَدنہٕ سٟتی ییٚنیا چھلنہٕ؟ ژھوپہٕ کٔرِو۔ یم ٹانگہٕ دِنہٕ سٟتی نیرنہٕ کہنہہ۔ آخر اَسی ہے مُہذب لُکھ چھ۔ ہناہ کٔرِو تہذیبک پاس۔

اروٗن: مےٚ دِیو جیوتیس سمکھنہٕ۔

ناتھ: اِدٕ سہٕ تہٕ وٕچھو۔ گوڈٕ کٔرِو ژھوپہٕ۔

(اروٗن چھُ ژھوپہٕ کران ۔)

ناتھ : (پرکاشس کُن ) ۔ پرکاش ۔ جیوتی وَن ژٕ میٔون ۔ یہ چھُس نادٕ دِوان ۔

سیوا : ٹھہرٕ و پرکاشا ۔ (اروٗنس کُن ) ژٕ کیازِ جیوتی لایان ؟

اروٗن : (مُجرم آسِتھ ) اُتھ ہیٹھ منٛز اٰلِو جوٗتی یتہٕ ۔ مگر توٚہۍ ہیٚکہٕ نہ میانہٕ گلتیہ سزا میلِتھ ۔ توٚہۍ نہٕ ۔

سیوا : (اطمنانہٕ سان ) یہ چھُس بوزن یِژھان زِ ژٕ کیازِ چھُکھ جیوتی لایان ؟

اروٗن : (کوشش کٔرِتھ ) پنُن کھاسرے چھُ گرم ۔ ہیٚتھ یہ شرابک نشہ ۔ سۄے چھےٚ کیٚنہہ ونان ۔ تیٚلہٕ یہ تہٕ کیٚنہہ یوٗر ہٕنہٕ لوان لٔرٕ گژھان ۔ ہیتہٕ نہ منٛز پالنس تام روزان ۔ اُتھہٕ پانٔے وۄتھان ۔

سیوا : کھاندر گژھنہٕ برۄنٛہہ ٹیٚلہٕ ژٕ گوڈنکہٕ پھِر شوٗن آیوکھ ۔ تمہٕ دۄہ یہ تہٕ ییٚلہٕ یہ آیاٚیس ، تمہٕ ساتہٕ اوس یہٕتھ کیٚنہہ تام گومُت ۔ یادٕ چھُیہ ؟

اروٗن : آ ۔ گومُت آسہٕ ۔

جے پرکاش : گومُت آسہٕ نہ گومُت اوس ۔

سیوا : تمہٕ وِزِ آس نہ جیوتی چاٗنی آشِنٛز تہٕ کیٚنہہ ۔

جے پرکاش : تہٕ ییٚلہٕ اوسکھ نہٕ تمہٕ وِزِ چھیتھ تہٕ کیٚنہہ ۔

اروٗن : یہ ہُٹہہ کتہٕ چھُس آدیان زِ یہ چھُس توٚہہ لکن ہیوٗ تمیز دار تہٕ کلچرٔڈ ۔ یچھس منٛز منٛز وُچھمُت میٔون مول دار وِچھتھ لوان تہٕ میأنس ماجہ لایان ۔ موج وُچھ ژیٹان تہٕ وَدان ۔ کٔرِ یکہٕ دِوان تہٕ راتس کُنی ژٔنی ۔ وُنہٕ تہٕ چھُم کنن گژھان تمی ہِشہٕ کریکہٕ ۔ کانٛہہ تہٕ اوسہٕ برۄنٛہہ کُن یکِتھ ہیکان تمۍ سُند اوش وۄتھراوہٕ ۔ میأنس ماجہ

ہُندرہُون اوس نہ بھائی جیس ہیوٗ تہٕ نہ اُس میأنی موج ژٕ تے ہش موج ....

سیوا : یہ ما چھُ میانہِ سوالُک جواب ۔ مےٚ پرژھوئے ژٕ کیازِ چھکھ جیوتی لایان ؟

ارُون : بہ چھُس نا اولاد مہارُسند ۔ ژٕ ہیوٚہن ماجن ہندی عادتھ کتہٕ الوٚ اُسی ؟ اُسی چھِ چھوان تہٕ جورو چھِ لایان ۔ بیٚنہٕ چھس پیارتہٕ کران......

سیوا : کاہنہ بیٚنہ آسہ یا چیٚنہِ روٗس آسہ ، بیٚنہِ آشنہِ لائین چھُنا وحشی پن ؟

ارُون : بہ چھُسے وحشی ۔ نرجنگلی ۔ اُسی کتہٕ چھِ ونان اُسی چھِ وایٹ کالر کلچر والی ۔

سیوا : جیوتی ما چھُ امہِ ترایہِ جنگلی طریقُک عادت ؟

ارُون : بہ یہ چھُس تہٕ چھُس ۔ یہ پرٚزِ ہے تہٕنژ جیوتہٕ کھاندرِ برونٹھہ سوچُن ۔ تس اوس اُمیٚک پئے ۔ لوٚ تہٕ کوٚرُن مےٚ ہتی کھاندر ۔ بیٚنہِ مرضیہٕ کوٚرن ۔

سیوا : سو اُس زانان زِ کھاندرہٕ بیٚنہٕ سیدکھ ژٕ ۔

ارُون : اگر تس یہ بژم اوس تیلہِ اُس سو چاأر ۔

ناٹھ : (سیوا یہ اوس بیٚنہِ کینہہ ونُنے ) سیوا پلیز! (ارُونس کُن ) ارُون راو یہ گووٚ تہٕ گووٚ ۔ اُتھ بھیٚرٕ بھیٚرٕ دِنہٕ منٛز نیرِ نہٕ کینہہ ۔ جیوتی چھُ بیٚنہِ یژھنہٕ ژٕے ہتی بنیمتر کوٚرمُت ۔ یہ چھُ پرٚزِ پوٗز ۔

(فونچ گائنٹی چھٚے وزان ۔ تکن گرژھان گرژھان ۔)

تہٕ لوٚ کٔنہ چھُ تس فرض زِ سو وترِاوِ سو رُے بیٚنہِ ساری زور لگاوِتھ ۔ (رسیور تُلِتھ ) ہیلو ، کُس ؟ درگاداس ؟ دوٚ پھے ہا یارا ، ژٕ کتہٕ بیٹھ چھکھ ۔ دِلہ بیٹھہٕ کنہ بمبیہ بیٹھہٕ ؟ دکن دِتھ بوزان )

(أٹھی منٛز چھےٚ جیوتی اندر مہٕ درواز ییہان وۅدنہٕ روزان۔ ارُوٗنٛ
پأٹھۍ چھُ ناتھ تہٕ تٔس وُچھان ۔)

ناتھ : (فونس پیٹھٕ ) اچھا..... تیٚلہٕ؟ آے سی... ہوں۔ دِس اِز ہرٕیُوجول
ہٹڑ وِکِنگ ٹِکٹس۔ اِف یُو آسک می ۔ یہ چھُ صرف ین گپ یٚنہٕ زانہہ بأنہہ
چھُ لوان کھاٚلاوٕنہٕ۔ ہیٚل وِدایمرجنسی۔ گندہٕ ہٕنا ماچھےٚ بیٚنہٕ اَمرجنسی
لگاوٕنہٕ منٛز کیاہ نیرِ؟ اِدِسہٕ تہٕ کیٚنہہ ہے بیٚنہٕ۔ لُوزِتھ تہٕ بیٚنہٕ وۅنُتھ۔
(رسیور تراٚوِتھ ) نان سینس..... جیوتی وار کارٕ وِچھتھ ؤن سٕہ
جیوتی چُون کیاہ یرادٕ ؟

جیوتی : (ارُوٗنس نکھہٕ گژھتھ وۅدنہٕ روزان۔ کلہٕ نمرتھ ) وۅتھ۔

جے پرکاش : ژٕ گژھ کھےٚ یمیٚس ستی جیو ؟

جیوتی : (تژ کرِتھ نگر پژھ سان) آ۔

سیوا : (ہزلہ پأٹھۍ) ییمہٕ لٹہٕ چھُتھ ناوارٕ پأٹھۍ سونچمُت جیوتی ؟

جیوتی : آ۔

ناتھ : دِأمِس گژھنہٕ، سیوا۔ أمِس پزٕ تہٕ گژھُن۔

(جے پرکاش چھُ تٔس شراکہٕ تیٚژ واپس دِوان۔)

ارُوٗن : تھینکس ۔

جیوتی : (ارُوٗنس کُن ایمتادٕ سان ) أسی نیرو تیٚلہٕ۔

(ابٕرس تام گژھان۔ بٕرمُژراوان ۔ أچھوٚ ستی ارُوٗنس حکم دِوان وُٹھ۔
دۅ نوٚے چھ نیران۔ سیوا یہٕ چھُ سورُے جوش وُسان۔ سومےٚ چھےٚ ژِہتھ
ہش گژھان۔)

ناٹھ : (پیأری جیوتی گیہ توٗری کُن وچھان) جیوتی ۔ اَے فیل سوپراوڈ آف یوٗ ۔ گوبری ۔ اٰخر یِتہٕ لوٚگیی کُنہٕ میثون ہیچھناوُن ۔ (اٰتی وداٗسی گرٛژھان ۔) ...... ووٚن گو ومے" چھُم نہٕ دَیُس ہیٚھٹ پرٛژھ۔ آسہم ہے، جیوتی ونکین منگھاتس اتھ زٕ ٹُلیھتھ چانہٕ موکھٕ دُعا۔

(درٛسہ رٛسہ چھُ سوٗرے منظرٕ انہٕ گٹس منٛزٕ راوان ۔)

# دۆیم ایکٹ

## منظر : ۲

دۆیم ایکٹ (کیٚنہہ ریٚتھ گژھتھ ۔ سُے پرون دیٖوان خانہٕ ۔)

دۆیم منظر : ناتھ چھُ ہیٚتھ کتاب پَران ۔ کتابہٕ ہنٛدی ساٰری ورق چھِ پھٔرنہٕ آمتی۔ سیوا چھےٚ ینیٚبرِم دروازٕ مُژراوِتھ اندر اژان تہٕ ناتھس بروٚنٛہہ کنہٕ بیہان۔)

ناتھ : (کتاب پٔرِتھ موکلاوِتھ اَکِھتھ کُن تھاوان) واہ ۔ جوابے چھُنہٕ اتھ ۔ کمال ۔ واریاہہٕ وٕہری ہیٚچم یہِ ژہٕ کتاب پٔرنی کٔرِتھ۔

(سیوا چھےٚ پانٕنِس یتھ مس تہٕ سنجیدٕ بُتھ)

یُو مسٹ ریڈ اِٹ سیوا ۔ مےٚ چھُنہٕ باسان مےٚ اُسہِ مژ کیاہ آسہِ مےٚ ییٚژاہ ژٕ آتم کتھا زانہہ پٔرمٕژ ۔ اَروُتَن چھُ کمالے کوٚر مُت ۔ پرِیتھ باب چھُ سٕنِتھ گژھان دِلس ۔ مگر یاٰری چھُنہٕ باوژ منز کانٛہہ جذباتیتھ تہٕ ۔ تہٕ بیٚہِتھ گژھِتھ وُچھن پژھ کیاہ چھُس ۔ اَکھ یا اَوڈ چیپٹر اوک پاسہٕ تراوِتھ چھُنہٕ اَتھ منز ٹلو زِیچھِرتہٕ ۔ مگر اَکھ کتھاہ وَنہےٚ ۔ اَمہِ منز

زبان چھےٚ سوٗ یوٚس یہٕ اَسی دوہ ہے بولان چھ۔ شوٗز زبان۔ انگریزی کہ اثرٕ نِشہ پاک۔ ہیٚتہٕ منٛز ہیٚنہٕ تہٕ یمی علاقٕچ زبان۔ واہ واہ۔ وَنے کیاہ خوش گوم دِل۔

سیوا: مےٚ دی وِ کینٛہہ وَنہٕ؟

ناتھ: (زنہٕ آو ہوشہٕ) سو آری۔ وَن سہ وَن۔

سیوا: (سنجیدٕ پاٹھۍ) بہٕ آیس جیوتی ڈاکٹر کھرے سندِس نرسنگ ہومس منٛز ترٲوِتھ۔

ناتھ: (باثبرِتھ) کھوٚد گرٕ ھان وٕتھِتھ) کیا سنازٕ؟ جیوتی ٹائٹھ چھا وارے؟

سیوا: یِتھٕ پاٹھۍ چھےٚ وارے ...... ووں گوو بیٚیہٕ اَسس بلیڈنگ گمژٕ۔ یہٕ چھُس ناشتیٚیم رٕیتھ۔ دوٚیم بروٚنٛہہ کُن گوٚژھس نہٕ کینٛہہ مشکل بُھتہٕ یُن۔ لَوے ترٲوم نرسنگ ہومہ۔ جیوتی اَس یہٕ مانان۔ ییٚلہٕ مےٚ واریاہ کوٚرُس اڈِ موٗنُن۔ کمُد چھےٚ ونان زِ یِتھٕ پاٹھۍ چھیٚنہٕ فکرٕ ہشز کانٛہہ کتھ۔ لوٚتہٕ روزو اَسی شامَس تانی آبز ورکران۔

ناتھ: وجہ کیاہ سناہ اوس۔ کمُدِ وٚونا کینٛہہ؟

سیوا: کمُد کیاہ وَنہٕ ہے ...... ڈٕکی پاٹھۍ اوس چھیتھ آمُت۔ جیوتی وٚون نہٕ زیادٕ کینٛہہ۔ ووں گوو یِیڑ چھُس ٹاس آمُت۔ ہمسایہٕ اَسی دِپان کوٚرمہٕ ترٲویون ییٚتہٕ۔ گرٕ ے نیون ...... لِتہٕ ستی تہٕ چھُس لایان۔

ناتھ: (پزی چھِپتاوِ تہٕ تُکھِ سان) مگر کیازِ؟ سو کیاہ جُرم چھےٚ کران؟ تمِس ستی کیازِ سُہ یِتھٕ پاٹھۍ بیش لِوان؟

(سیوا چھِنہٕ اَکھ ییٚتھ کُنہٕ تہٕ ونان۔)

ناتھ : گوہ بہ کھو ر آشہِ ہتی یہ وَرتاو ! مٔرتھ ہے گیہ تہٕ پھیرتھ کُس سَنا اَہنس؟ یہ ..... خوبصورتھ آتم کتھا لیکھن وول ہیکیاہ یُتھ کمینہٕ تہٕ اَسِتھ؟ سُہ کیتھہٕ پأٹھۍ چھُ ہیکان یہ کٔرِتھ؟ بنہٕ کتابہ منز چھُہ پانس بیہتھ وزھمژن لتن ہنز کتھ بتھہٕ پأٹھۍ کران زِ بیاکھ تہٕ چھہ تیژ دگ ژینان..... تہٕ سُے شخص چھُ بنہٕ حاملہٕ زنانہٕ لیہ لایان تہٕ بیہتھ ییلہٕ زن سو شیشے ہس رہتس منز چھے۔ یڈ بیہتھ تہ! ہاو___ہاو ڈیر ہی ڈُواٹ لوٹہر؟ ہاو؟

سیوا : (اوٗری نہ لیوٗری آیہ) وُچھو سہ ناتھ جی۔ پانسے سوال کرنہٕ ہتی نیرِ نہٕ کینہہ۔ ..... یہ بڑونتھ کنہٕ چھُتی چھُ لوٗزہ، اوٗ کنی چھُ ضوٗروری زِ اَسی ہموعقلہٕ کأم۔ ____ وُچھو کانہہ وَتھ مانیر کُنی گُنی۔ یہ چھے نٔز کتھاہ زِ سُہ چھُ لوکری یا کانہہ کار بار کرنہٕ لیتہ سیوُدے اِنکار کران۔ سُہ چھُ یژھان دوہے جیوتی بیہتھ گزارہ کرُن۔ تہٕ بیہتھ چھُہ یتہٕ صافے زِ سُہ چھُنہٕ کانہہ احسان تہٕ ماننہ وول۔ میانی زرا ے چھے یہ زِ یمن دلیتن چھُنہٕ رٔژھ تہٕ پےٚ زِ احسان کتھ چھُ ونان۔

ناتھ : سیوا !

سیوا : ژِ ییلہٕ پننی راے ہیکھ ظاہر کٔرِتھ۔ میٚتہٕ چھہ پننی راے ظاہر کرنک حق۔ تہٕ ہیکھنہ مے یتھ رٔٹھتھ۔ بنان چھُ میانی زرا ے آسہٕ احمقانہٕ مگر سوٗ آسہٕ تہٕ کٔرِتھ تہٕ میانی پننی راے تہٕ بیہتھ چھے پننی یہ راے سما جس منز کأم کران بنأوِتھ۔ گرس منز بیھتھ نہ۔ وُنن چھم یہ زاکھ خوبصورتھ آتم کتھا تہٕ کتھ تام خوبصورتھ نظمہٕ لیکھن وول جُوَن دلت زامتر

چھُ ژکہِ بےٚ غارتھ پاٹھۍ پننہِ آشنہِ ہندین پولنسن دارو چھوان یرٕھان روزُن۔ یارن دوستن تہِ چھُ چاوُن یرٕھان تہٕ پننہِ مزٕ بایتھ چھُ یرٕھان پننہِ آشنہِ لبھتاہ لبھتاہ لایان روزن یرٕھان۔ پےٚ چھناہ ژٕ آشنی چھم تھزٕ ذاژٕ ہشزٕ۔ یمہٕ لِتہِ تھزٕ ذاژٕ ہندو لکو تمۍ سندین جدن لایمژٕ آسن سُہ چھُ تِتے واپس یرٕھان کرُن۔ باسان چھُ زِ یہے بڈٕ کام کران روزنک فأصلہٕ چھُ تمی نیومُت ـــ سأری سے وأتنہٕ .....

ناتھ: سیوا، پلیز.....

سیوا: تہٕ أتھی منٛزٕ ہے زنانہٕ گژھ مُرتھ تہٕ مرِ تن، تکیازِ تمِس میلہٕ بیاکھ زنانہٕ۔ مگر لوٚ دوٚے سأنی کوٗر مُرتھ گیہ تہٕ دوٚیم یمہٕ نہ ژاہنہٕ۔

ناتھ: فارگاڈز سیک، سیوا......

سیوا: مےٚ دِ بنٛو کنھہ لوٗر کرنہٕ..... اَتہٕ آوٕ ے چھُ مےٚ فأصلہٕ کوٗرمُت زِ جیوتی انن بہ لوٗری پتٔن گرٕ۔ صرف جیوتی، تمۍ سٕنٛدرون نہ کینٛہہ۔ کہنٛہ نے تہٕ لوٚ تام ڈیلیوری گژھس۔ مگر چاأنی یہ ہو ڈل کوٗر گژھ مانہٕ تہٕ اأدی زوٗ ئم بیلہٕ کمہٕ ہندِس نرسنگ ہومس منٛز ونیومُس.....

(ھنگہٕ تہٕ منگہٕ چھ تس وٚدن شرٕ کو لگان۔ یتہٕ چھےٚ سو یتھٕ تھٕ بنٛو شرٕ کو بند کران تہٕ اوٗش وہ تھراوان۔)

سو آری۔ کیاہ کرٕ سوچھنہٕ لوٗرک کھنی بوزان۔ مےٚ چھےٚ دپان مےٚ۔ ژٕ گژھ ینٛتہٕ تہٕ ہمتہٕ پھیرتھ یکھ۔ اتہٕ ہیتھٕ کیاہ چھس کرُن، مےٚ چھُنہٕ ٹھیک پےٚ.....دپان اَسہٕ اَزِ شامَن چھم پننہ تھ گنڈ پھِر ہندِس کمرس منٛز واپس گژھن۔

(ناتھ چھُ بےٚ سوکھ۔ فونٕچ گائنٹ چھےٚ وزان۔)

ناتھ : (دِل ملوٗل پاٹھۍ فونس نِش گژھان تہٕ رسیور تلان) اہنسا بے چھُس۔ آ ناتھ دیولال کر چھس بہ..... آ، پرٛیم ..... آہستہ آ ..... پرٛژھ چھےٚ، وار یاہ پرٛژھ۔ اتھ پیٹھ چھکھاہ کتھ باتھ ہُند پروگرام پرٛژھان تھاوُن؟..... جان گوٚو۔ جانے روزِ تہٕ۔ باہ، بہ؟ نہ سہ نہ۔ بہ چھُس نانٕو ایوارڈ پارٹی ..... پیٹھ رشتہٕ دار۔ نہ سہ مےٚ مہ اَلوٗ اتھ منز۔ پروگرام بوزنہٕ تہٕ یمہٕ ضرور۔ مگر یُتھنہٕ مےٚ بولُن ڈٕلو۔ نہ سہ۔ میون ناوکرِی زِلو نہ اناونس۔ بہ بولہٕ نہٕ۔ پیٚتہٕ کیاہ بولُن والین ہندٕ کمی چھا؟ نانا صاحبس ڈٕلو۔ باباصاب تیے چھُ۔ بی، ایلس تہٕ گژھ اکھ کاپی دِنی۔ اگر پرٛتھ ہیکہٕ تہٕ پتہٕ اتھ پیٹھ بوٗلتھ ہیکہٕ۔ ڈٕنی وَے تہٕ بےٚ کرٕ تمن ستی فونس پیٹھ کتھ..... پلیز لیو می آوٹ۔ پلیز ..... نہ نہ نہ۔ بہ ہیکہٕ نہٕ کمٹ کرٕتھ۔ بہ تھاوی زِلو ژہتس۔ (رسیور تراوان)

سیوا : بہ 'نہ'، وَنِتھ چھُ سخ کرٕوٕتھ۔ چھناہ؟

ناتھ : (پریشان گژھتھ) کتی پھر دٕ یمس نہ، مگر .....

سیوا : مگر بولُن چھُ ژےٚ خوش کران .....

ناتھ : (ژکھہٕ ہوت) اَمہٕ چھےٚ کتاب لیچھمٕژ سیٹھاہ جان .....

سیوا : اگر مےٚ ونہٕ ہن اَتھ پیٹھ بولُن، تہٕ ونہ یاہ بہ کیاہ ونہا؟ بہ وَنِہکھ اَمہٕ لیکھاٚژ۔ یہ کیشنہ ہاہ اَتھ کتابہٕ منز ناانصافی ظلمس خلاف لیوکھمُت چھُ۔ تہٕ سوٗرُے چھُ اپنٕز تکیاز سہ چھُ پانہٕ میانہٕ کوٗرِ پیٹھ ظلم کران۔ سہ چھُ تمہٕ سٕنٕز کمایہ پیٹھ بےٚ مند چھُ پاٹھۍ دوہ کڈان۔ تہٕ پیٹھ چھُ دار و چیٹھ لُتی

لۂ لگاوان ۔ وو ٹھان بیہان چھُ ذات پاۂتج ہۂ تمو ہِنٛدِس ماٗلِس ماجہ ہُند ناو ہیوان ہۂ تمن لبہٕ کہٕ کڈان ۔

ناتھ : لبہٕ کہٕ ؟ اَسہِ ؟ ......

سیوا : یہ ووٚن نہٕ مےٚ جیوتی ، یہ ووٚن تمہ ہنٛدلو ہمسایو۔ دپان سو چھےٚ لتس پھِرِ پھِرِ ونان آسان "یہ خوش چھےٚ ہۂ وَن مےٚ ، پوٚت یُہٕ ہکھ تیوٚت لایم مگر میاٗنِس ماٗلِ سُنٛد ہۂ ماجہ ہُنٛد ناو مہ ہیٚیۓ"۔ مگر جیوتی جیرٕ ٹُلنہٕ مو کھہ چھُ سُہ ژٔٹے ہۂ مےٚ ......

ناتھ : ونان کیاہ ؟

سیوا : ہۂ مہ پرٛژھ ......

ناتھ : لو ہۂ ...... کیاہ سناہ چھُ ونان ؟

سیوا : مےٚ ...... مےٚ چھُ دَپان بہ چھُس سوشلسٹ لیڈرن سیوادلہٕ چہ کورِ سپلائے کران ......

ناتھ : لو ، لو ! ...... ڈونٹ ٹیل می ......

ناتھ : بیٚیہ ہۂ کیاہ کیاہ ۔ وَنے کیاہ ہۂ ہیکھ نہٕ ژٕ لوٗزِ تھۂ ہۂ ۔

ناتھ : (بے قرار گژھتھ) ہۂ مےٚ ؟ مےٚ کیاہ ونان ؟

سیوا : تراو ووٗنی !

ناتھ : بہ چھُس بوزُن یژھان سُہ کیاہ چھُ میوٚن ونان ...... سیوا ، ژٕ ژھن وٕ ینھ کیاہ چھُ سُہ میون ونان ؟

سیوا : مےٚ مہ پرٛژھ ۔

ناتھ : ونان کو نہٕ چھُکھ ؟ کیاہ چھُ وَنان ؟

سیوا: دۄ پئے نا میٔ مہ وَننا وسورُے تہٕ یہٕ سہٕ وَنان چھُ......

ناتھ: (سہٕ چھُ لتس پھیٚکین بیٚہھ اتھہٕ تھاوان) نہ..... گوڈوَن.... میٚنہٕ گژھنا پےٚ لگُن کیاہ چھُ وَنان.....

سیوا: نہ۔ بہ وَنے نہ.......

ناتھ: (لتس دِیُن دِتھ) وَن کیاہ چھُ سہٕ میٚون وَنان آسان؟

سیوا: (واریاہ ژٔلکھِتھ) ژٕ..... ژٕ چھُکھ نہٕ جیوتی ہُند پَیُن مول. ژٕ چھُکھ۔ ژٕ چھُکھ گروجی سِندی پأٹھی.... نامرد..... تمُ سُند پَیُن مول چھُ....
(اَتہٕ اور چھٕنہٕ وُنتھ ہیکان)

(جے پرکاش چھُ بَرِ مُژراوان تہٕ اندر اژان۔ ہٕ تتی نِے درواز س بیٚہھ ووہ دِنہٕ روزان۔ اَتھس منٛز چھُس شامک اخبار۔)

جے پرکاش: (درواز دِکہٕ دِتھ بند کران۔ برونٛہہ کنہٕ یہٕ وُچھان چھُ، تہٕ وُچھتھ چھُ گوٚتن ہیٚو گژھان) سوآری! بہ.... بہ آس دوہ ہدِ شِکی پأٹھی..... پرژھنے اندر.....

ناتھ: (بے سو کھ تہٕ ڈوٗلمُت ہیو) اِٹز..... آل رایٹ.... بہ اوسُس...... بہ اوسُس یمن ستی....

(جے پرکاش چھُ حالاتھ ژھبرِ لتھ پریشان گژھان تہٕ چھُ اندر ہوان اژُن۔)

ناتھ: اندر گژھنگ نہ سہٕ چھٕنہٕ ضوٗرٕ رتھ۔ یوٗ کین.... بی ہیٚر.....

جے پرکاش: اگر توٚہیہِ موٗڈ ٹھیک آسہ، تیٚلہ.... بہ یژھہا توٚہیہ اکھ کتھ وَنٕنۍ..... بیٚہتھ پأٹھی چھٕنہٕ خاص کتھ کینٛہہ توٚہیہٕ چھُم ذہنس منٛز ووتلان۔

ناٹھ : (پان شیر ٹھ) آ، او، وَن ......

جے پرکاش : (اخبار ہاوِتھ) یتھ منز چھے خبراہ آمژ۔

ناٹھ : خبر؟ کیاہ خبر؟

جے پرکاش : تِژھ نہ خاص کینہہ۔ مِڈل ایسٹس منز چھ اسرائیلن فلسطینی گوریلاہن خلاف زبردست جنگ چھوڑمُت۔ اَتھ مُہمہِ منز چھے اسرائیلی فوجن فلسطینی عرب شہرن ہنز سارے بستی یہِ تباہ کرِنہ ہیژمژ یُتھ نہ تم گوریلاہن مدد کرن ہیٚن تہٕ گوریلاہن گژھہ رسد تہٕ آب تہٕ بند۔ مردن یوتے نہ بلکہ بے قصور تہٕ معصوم شرہن تام چھ مارِتھ ژھنان۔ تمن ہیہٹ چھ اَنِتھ روس ظُلم کران ..... یتھ منز چھ لیکھتھ۔

ناٹھ : گوٚ برا، تیہٕ چھُ جنگ چلان ......

جے پرکاش : آ، پتھ اکھ کتھ چھَم بیٚیہ یاد پیوان۔ یمے تژ نجتیہہ وٚری برونہہ کرِیے نازیو یہودی نِنہ وانہ پانٹھ قتل۔ لوٚ ہی دژاپہِ وِمنے تمن متلق کتابہ پرنہ خاطرٕ۔ پہٕ اوسُس نہ ہیکان پڑِتھ، مگر لوٚ ہہِ دپیوہم جے پرکاش پرِسہ تارِیخ ہیٚا گژھی مولوم آسُن ....،

ناٹھ : (بے قرار گژھتھ) یہ دِپھ تم ژوٚن کیاہ چھکھ یژھان؟

جے پرکاش : پی زیم برونہہ قتل اَسی سپدان اَز چھ تِمے بیٚیس قتل کران۔

ناٹھ : بنان چھُ تمن آسہ پننہ حفاظتہٕ موکھہ پی کرُن ضوٚروری باسان....

جے پرکاش : آہنسہ۔ بنان چھ تمن آسہ پننہ حفاظتہٕ موکھہ زنین تہٕ شرہن گولیو ستی قتل کرُن ضوٚروری باسان! تمنیک مطلب گوٚو نایم کُنہ ساتہٕ پانہٕ ظُلمکو شکار آسن سپدان تِمے بُن پننہ وِزِ پانہٕ ظالِم۔ بنان چھ

اُتھ منز آسہِ تمن سکون میلان ۔ شکار سپدن وول آسہِ وز میلنہٕ وزِ بیٚین ہند شکار کرنس منز سوکھ پراوان ۔ باسان چھُ زِ یُس بیٚیہہ ظلم آسہِ سپدان سُہ چھُ پننہِ وز بیٚین بیٚیہہ ظلم کرنس منز مُلان ۔

(ناتھ چھُ ژھوپہ دم کرِتھ)

جے پرکاش : کیٚتھ چھے یِتھرٕے زِ اَسہِ یُس ظُلم وہرِ وومُت آسہِ سُہ گوژھہ نہ بیٚین بیٚیہہ سپدُن ۔ کینٛہہ نے ہِتہ ساہنوا کھوگوژھہ نہ سپدُن ۔ مگر اَسی ما چھ پہ مانان ۔ تُوے چھِ موقہٕ میلو یُتے وو کھِ ظالم بنان ۔ یِڑ بڑ ہتھ چھِ ظلم کران تہکیارہٕ اتھ منز چھُ اَسہِ تسکین میلان ۔

(ناتھ چھُ ارسر کران)

جے پرکاش : ہتہ راتک مظلوم چھُ از از ظالم بنان ۔ یِلہ نے رلاتھ تام ہے گولہِ ژلالان اَسی از چلاوٚو پانہٕ گولہ ..... ہتہ زن گوو اِنسان چھُ پننہِ تجربہٕ ستہِ زُت النسان بنان ..... پہ ما چھُ بنان ، سُہ چھُ سخ شیطان ہتہ ہُنہتھ ہیکان ......

ناتھ : (جوشس یتھ) پہ چھُ اپُز سراسر اپُز ۔ صرف اکھ مثال دِتھ یُتھ وُلٹہ نتیجہ کڈُن گوو جاٗری گی ۔ عام یہودی روزن ہتہ یِتھین ظُلمن ہنز مخالفتھ کرہٕ لِنشہ پتھ ۔ وُچھ سہ یُس اِنسانی تہذیب النسانن از تام بنوو ہتہ سنبول ۔ تمتھ تہذیبس ہتہ سولائزیشنس ہیککھ ہتہ ژہ انکار کرِتھ .......

جے پرکاش : پوٚزٕ تہذیبس ہٕ ۔ پہ چھُس لتس حرامی (از ہوِ دندن تل ژھنان) اروٗنن برتاو زانیِج کوٗشش کران .....

(حاران کرِ دِنی ژھوپہ ۔)

ناتھ : (یِنہٕ ژکھِ سان) پرکاش ! پننہِ کیٚتھ نہٕ سہ واپس !

جے پرکاش: (کیشنن ژہن کلہ بون کُن ژٔھنتھ روزان تہٕ پتہٕ) اِدسہٕ غلطی گیٖم ۔اَے
اپولو جایہ......

ناتھ: کیہہ پاٹھۍ چھکھ اخلاق تہٕ پننہٕ ریز روایژ دِتھ رۆ چھمُت تہٕ پھانچلو ومت
تہٕ ژٕ..... کأنسہ تہٕ اِلنسانہٕ ہنز گرٹھ نہ بے عزتی کرنی خبر کیاہ تہٕ گرٹھو تن۔
اٰخر اٰسی ہے پانس تہذیبہ وأنی چھ ونان!

(جے پرکاش چھ ژھوپہ کرتھ روزان۔)

سیوا: پرکاش وۆن نہ زانہتھ۔ یہ اندر اوُسس تی آس زبوٕ ہیتھ۔

ناتھ: یژھ کتھ دِلس منز اینۍ تہٕ چھ ناجایز۔

سیوا: ہرگز نہ۔ دَپھ اگر بے کانہہ تیُتھ سلوک کرہ تہٕ یژھ کتھ ییہ نہ دلس منز
تہٕ ادِ کیاہ! غلطی چھے اٰخر تسند یُس غلط سلوک کران چھُ۔ کینہہ تسند یُس
یہ وُچھتھ سونچان آسہ.... ؟ دۆیمے ژٕ کسنز ژکھ چھکھ کڈان۔ ژکہ
چھے ژکھ تمیس ہیتھ..... ارۆنس ہیتھ......

ناتھ: (زنیتہٕ دِلچ ژۆر ژٹھس) نہ بلکل نہ..... (ہنانرم پاٹھۍ) تہٕ کرتھ بہ کیاہ
کانہہ سادھو مہاتما چھسا زٕ ژکھ کھسہ نہ۔ مگر یہ مازٕ بہ کرہٕ کأنسہ بے عزتی۔

(دروازچ گأنٹ چھے وزان)

جے پرکاش: (بُرزِ منزٕ وُچھان تہٕ بیتہٕ سیوا یہ تہٕ ناتھس کُن) سُے چھو۔ ارۆن۔
بینیہ چھس کم تام نفر جوراہ سعی۔

(بدلے ژھوپہ)

ناتھ: (چأرِتھ ہینو) مُہرا او درواز۔

(سیوا چھے وۄتھان تہٕ اژان اندر۔)

جے پرکاش چھ مژراوان بر۔

اروٗن چھُ اندراژان۔ تس ستی چھ لفرزٕ۔ یمو مشٕر چھِ اکھ اروٗن نہ دٕلیت فرٗقک۔ بیاکھ چھُ تمہٕ فرٗقک پاسدار سفید پوش۔ تس چھ اَتھس کیتھ بریف کیس۔ اروٗن تہٕ یم زٕ زٕنی چھ اَسہٕ وِنہٕ بُتھہٕ ناکھس نمسکار کران۔ ناتھ چھُ یمن اَکھہٕ ستی ہاوان بِہنٕ۔ سُہ چھُ وُنہٕ تہٕ چاٹٕری ہِتھ ــــــ ترٕ نٕوے چھ بہان۔ دٕو لوٗنی چھُ تکلف۔

.... توٚے چھ ژٕمیتھ ہِوی ــــــ اروٗن چھُ پانٕنیار سان وِہرٲوِتھ بہان۔ تمی سٕنٛد لواطوارٕ وتلہٕ چھُ مکرہٕ تہٕ سانگ ٹاکارٕ۔ جے پرکاش چھُ اَکھہٕ کُن وُو دِنہٕ۔)

ناتھ: (اروٗن مُشرٲوِتھ بِہین دوٕن زٕنٛین کُن وُچھتھ) وُلو، حوٚکُم چھا کینٛہہ؟ توٚہہِ کیتھ پاٹھۍ تکلیف تُلمُت؟

اروٗن: مےٚ یمن دوٕ لوٗنی گوڈٕ وٚنمُت سری مان جی توٚہی یوٗت گژھو بہ نہ گژھو۔ مگر یم یوٗرُک نہٕ لوزان۔ دوٚیکھ گژھن بِہیہٕ۔ توٚے مجبورن یُن پیوٚو۔ کیا سہٕ وامَن راو؟ ژٕ تےٚ ستی آے نتہٕ کتہٕ ہیکو یور ییتھ۔ ازکل چھُ بُلاوَن والین ہُنٛد سنٛخ یُن گژھن روزان۔ بھاشن دِ، داوِتھ کھیہٕ ناشتہ کرِو۔ کاک تیل پروگرام چھُ کورمُت۔ کم از کم چاے چینیوٚ..... بڑٕ عزت والی رائیٹر چھُنایہٕ۔ آزکل چھس ہاے سوسائیٹی مشٕر پالتو ہُولنس بیتہٕ رائیٹر سُنٛد نمبر لوان لاینہٕ۔ ذاژ ہشٕند ین لکن ہشٕند آیہ ژٕ لوٚپ وائِتھ) پی لوٗزی تو۔ تعارف رٕوٗدکرناوِنے۔ (ناکھس کُن) یم چھِ سائنی ہمبیر راو کالے۔ دلت ساہتیہٕ ہنٛدۍ بڑۍ بارٕ ادیب۔ وارہ جان مضمون نگار، مگر

دوہہے نظرانداز گمتہٕ ۔ تہٕ یِم چھہ وامن سیٹھ ینور گاوکر، یِم چھہ دَلِت
ساہتیہ کارن کھیاوان چاوان ۔ بیٚیہ دلت ساہتیہ ہِکہ تھٲدی تنقید نگار ۔
یِم چھہ ہوٹل چلاوان مگر یِمنہٕ ہوٹلہ کیٚن سموسن ہنٛدی پاٹھی ہمیشہ سدابہار ۔
ــــ تی سہ وامن راوٗ ...... یِمن ہُنٛد چھُ اکھ سَنستھا یُتھ ناوچھہ پرگتی
شیل دلت ساہتیہ ۔ (دوہ لوٗنی کُن اٚچھ ناٹھ کران) یُہند کیاہ ؟ دپو
پننٕز سنستھا ۔ تہٕ لوٗزی لو جناب والا ۔ آز کل چھُہ سانہٕ اکہ کتابہٕ ہُند سنٛخ
شہر ہٕتھ ۔ لو ہرٕ چھُہ یُہی آتم کتھا تمک اکھ ناول چھُ ۔ مےٚ پٕرٕ ہے لو ہرٕ
اَکھ کاپی گوڈے دِنی ۔ مگر بہ کیاہ بہ چھُس اَکھ آلٕشرٕھ آدمی مُشتھ گوس ۔
وامن راو ستی ما چھُو ؟ وامن راو چھہ سُون پبلشر تہٕ ۔ (وامن راو چھُہ
یُتھ تیٚتھ بناوان زٕ لوٗزُن چھُ لگان نہ ) کہن انتھ نا ؟ کاتھہ نہ کتھ ۔
(ناتھس کُن) یِتھٕ پاٹھی چھُ منز سپدان ۔ گرِ کی تہٕ چھہ مُشتھ گژھان ۔
(بیٚنِس سأتھس کُن) یِم چھہ سأنی ناتھ صأب ۔ واریاہ آوِری، اوٗر
کر میٹھ ...... دیان چھناتہٕ ۔ اٚمی سندین تیز نظرن لشہ چھٕنہٕ کہنی ژلان ۔
یِموآسہ سأنی آتم کتھا ضوٗرٕ پٕرمٕژ ۔ تی سہ ناتھ صأب چھُو نا پٕرمٕژ ؟
(ناتھ چھُ یِتھے کلہٕ ستی آنکار ہاوان ۔)

اروٗن :	(بیٚنِس ستی باجن کُن ) وُچھوا سُون اندازٕ غلط نہٕ ۔ (ناتھس کُن ) یِمن
لُکن چھُہ خیال ...... نہ ورخاس کہ سأنس آتم کتھاہس پیٹھ یُس پروگرام
چھُ سپدن وول، تمِچ صدارتھ کرِو تُہی ۔ تی سہ وامن راو ؟ تی سہ ہمبیر
بھائی ؟ (دوہ لوٗے چھہ کلہٕ ستی آنکار ہاوان ۔) تتھ پیٹھ یُس بحث
سپدِ تمِتھ منز یِیہ تہندِ ستی سنجیدگی ۔ یہ چھُ یہند خیال ۔ مےٚ چھُس نہٕ

کینہہ ونُن ۔

ناتھ : (تکلف سان) وُنی اوس مےٚ اتھ مُتلق اکھ فون آمُت......

اروُن : سُہ آسہے بیٚیس .... نگر واجنالے تہٕ گوشٹھی والین ہُند۔ آز کل یپأرِ تہٕ وُچھو تیأرِ چھُ سانہٕ آتم کتھا ہُند چرچہ۔ یم چھِ سأنی خاص آدمی۔ (دوٚلوٚنی کُن ہأوِتھ) یہنز خاہشہ پیٹھ کٔرِو تُہۍ ضورٕ غور۔ یی زانتھ چھُ یموا اعلان کورمُت زِ تُہۍ کرِو صدارتھ۔

ناتھ : (حأرانی سان) میانہِ اجازتہٕ ورأیی.....؟

اروُن : (دوٚلوٚنی سأتھین کُن) وُچھوا۔ مےٚ اوس ناتُو ہہ وونمُت ناتھ صاحبس چھُنہٕ یہ پسند۔ (ناتھس کُن) یمو مےٚ ووٚن زِ ناتھ صاحب چھِ سأنی سماج وادی ساتھی۔ آز کل چھِ اہم۔ اہل تہٕ۔ دغا دِنہٕ۔ انکار کیتھہٕ پأٹھۍ ہیکن کرِتھ؟ بیٹھہٕ چھِ زہ ہُرتہٕ۔ یہتہٕ پأٹھۍ آسہ یم ونان.......

ناتھ : ویسے کُنہ زٕنی میلن لو ہہ اتھ کتابہِ پیٹھ بوٚلن وألی.....

اروُن : میلان چھِ۔ زن تہٕ چھِ سینما ٹکٹ رٹنہٕ موکھہٕ لگھ لأنہٕ منز۔ دپان اکھ اکھ تجربہ پٔرِتھ چھِ پروفیسر لگن ہوشی راوان۔ دپان چھِ یتی ہن پنژہن وُرِیَن منز.....؟ کیاسہ وامُن راو.....؟ ہتن وُرِین اوس نہٕ یتھ کینہہ تہٕ پوٚرمُت..... یتھہٕ پأٹھۍ چھِ تنقیدی مادانکی تُہۍ گأنی گأنی کران......ساہتیہ اکادمی ایوارڈ تہٕ چھِ میلی تھے....تی چھ دپان.....میلہ ہے تہٕ جایہ گوٚو۔ (ہنس ذرٲہ بأیس کُن) ہا تسے یمن......تموٚ چھا زاہہ وُچھمُت تہٕ زِ زندگی چھےٚ کانسہ ہندِس خرُسند گوٚوہ۔ مراٹھی ادبس منز چھِ پرسِتھ پاپہ پیٹی لوٚرجوا، جنتوواد، یا

رومانٹی شزم بڑِہتھ۔ کھیٹھ مراٹھی سنت کوی لیس پتہٕ چھُس بے ہتہٕ۔
بیٚنہِ کُس چھُ ایتہٕ؟ (ناٹقس کُن) نتہٕ اسہِ چھُ پوسٹرن ہٕتہٕ امٹیشن کارڈن
پیٹھ تہنٛد ناو لیوٚکھمُت۔ ناٹھ صاحب۔

ناٹھ : (تیز لہجہِ) سوٚ چھےٚ میانٛی ذمہ دأری۔

اروٗن : تہنٛز ذمہ دأری آسہِ پتہٕ نے لوتہٕ چھُ لکن امید زِ تہی کرِو تقریر۔
تی سہ ہمیر بھائی! (ہمیر بھائی چھُ آنکار ہاوان) اگر نہ تہو آیوٗ تیلہِ
سورُے بیکار.... مِس انڈراسٹینڈنگ.....لۆکۍ لۆکۍ وجہ ژھارنس۔

ناٹھ : (چال زانٛتھ) کیاہ وجہ؟

اروٗن : ویسے سانٛی لفظ دِنے باقاعدا ایکپلینیشن.....(وامن سیٹھس کُن
اچھ ناٹھ ہاوِتھ)......مگر آز کل چھےٚ لکھ سےٚٹھاہ چالاکھ گمتی......
ہمن تگہِ بوزُن زِ تہی چھو مےٚ پیٹھ ناراض۔ لوٚوے آے وِ نہ.....
تہٕ پتہٕ لاگن ساری بینہٕ بینہٕ پانٛھٹی وجہ دِنی۔ اڈۍ دِپن ہیہرس ہٕتہٕ زامترس
چھےٚ پانہٕ وٕنی کھٹپ کھ۔ بےٚ یُس چھُس تہنٛز کورِ ستی ماریہ پیٹھ کران یا
ہتھےٚ بیٚنہِ گینٛہہ.... کیاسہ پانٛن پیٹھ؟ (سہ چھُ اوٕ کران) لُکھ
ہیکنس پتہٕ وٕنِتھ اَسہِ چھُ تہنٛد کوٗر گرِ کڈِتھ ژھوٚنمُت۔ یمن کیاہ
لکن.....ایتہٕ اڈۍ نیرِ لس ہتھو تہٕ تیر اندازہٕ یم پتہٕ ہیکن وٕنِتھ زِ زامتر
سُند ترقی کوٗزُن ہٕ ہو ورِن خوشِ.....دلت زامترس مراٹھی
ساہتیہس منٛز یزِتھ تہٕ کھڑ زمیلیٛن وٕچھتھ ڈڈۍ ہوورۍ سوشلسٹ
یم کھڑ ذاژ ہندۍ چھےٚ.....

ناٹھ : (ژکھ ہوٚت) نان سینس۔ لُکھ چھنا مےٚ کھٹیکھ پانٛھٹی زانان؟....

اروِن : بلکل ٹھیک کتھ بات ..... (ہِنِنین ستی باجن کٔن) لو ہیٖہ کرٕ ئیڈ گلتی یہند ناو چھاپہٕ یتھ ..... اگر وونی کینہہ گرٕڈ برٕڈ گوو ..... یینہٕ مےٚ ییٚٹھ کھارِو ..... ناتھ صاحب، یہ کرہانہٕ لو ہیٖہ یوتاہ اصرار ..... تہٕ چھِ مصروف آدمی، اَسہٕ ہیٚوٚن لکن لنش چھِ منٛز منٛز چھےٚ چوما سے لیان۔ لو ہیٖہ چھُ رشتہٕ تھدِین لُکن ستی۔ ساٚنی یِم کتھ چھِ بجہٕ ذاٗژ ہٕنٛدی۔ مُردہٕ جالورن ہُنٛد ماز کھینہٕ واٚلی۔ کیا سہ ہمبیر راو؟ سون مول بڈٕ ب اٗسی ناپٲکی ٹُلن واٚلی۔ یہ مان لو ساٚنی خوش قسمتی از تھدِ طبقہٕ کین لُکن ستی اژو رسوخ تھاون والہٕ گرٕ چ پرٛینٛز گوٚرٕ کوٚر آیہ اَسہٕ باگنہٕ۔ (ادو شونی ستی باجن کٔن) ساٚنی آنزیبل ہش صاحب چھےٚ ژرو ٹھیٚٹھے اسہٕ ستی ناراض۔ تمن گوٚژھ آسُن ژرون گوٚرٕ، کمرس سونہٕ سُنٛد کمر بند ژھینتھ ڈگری یافتہٕ، تھدِس ہُدٕس ییٚٹھ بہتھ زامتراہ۔ مگر وُچھتوا تہٕ کُس میوٚلس ـــ بہ۔ اکھ دلت کوی، تہٕ لیکھک۔ مےٚ نہٕ تلو کنہٕ لنگوٚڈ تہٕ کُنہٕ ..... ادٕ سہٕ تہٕ ناتھ صاحب، ییو تہٕ ساٚنس جلسس منٛز؟

ناتھ : (پانس ییٚٹھ قو لوٗٹھ، زٔنہٕ ونہٕ اندازہٕ) مےٚ چھِیہٕ باسان۔ میانِس پروٚسس ییٚٹھ گژھہٕ نہٕ روزُن۔

اروِن : (وو تھان وو تھان) وو تھ سہٕ وامَن راو، ہمبیر راو۔ اٗسی نیرو۔ تیاٗری چھس صدر پاٗنٛسس پانژھ سیر میلان۔ جلسکہٕ پرٛیٚٹیجک اوس سوال تہٕ اٗسی آیاے ناتھ صاحبس نِش۔ وونی رلوٚٹن کاٗنہہ سرو ودیی پروفیسر۔ تہٕ نےٚ تہٕ کاٗنہہ مارکس وادی ودوان۔ یِم اٗسن اسے وَتھ وُچھان۔ کہ کر بلا دَو، تم اٗسی۔ (اناتھس کُن) یِمن خواہ مخواہ

یِہ باسان کِہ یِم چھِ دلتن ہِستی بڑہ ہمدردی ہاوان ۔ کرِ ہِیرِ خاطرٕ چھس ستیہ گرہ کران ۔ وۄدھان سبھاہس منز چھُس سماج وادی بھاشن کران ۔ تہٕ آدرشن مُتلق شور ٹُلان تہٕ اُتھی منز گو دلتس کوٗردِ تھ ۔ تہٕ اَکھ جَلسس منز تہٕ ہِن پانے (دوٗشونی کُن) ئِکھو !

(یِہندی ہے دروازس تام گژھان ۔ تِتھِن چھُ جے پرکاش وۄدِنہٕ لَسی کُن وَنان)

کیاسہٕ ۔ سالے صاحب ؟ چون سیوا دلی سنگھشٹ گورکھ دھندا چھا ٹھیکھ پکان ؟

(دوٗشوٗے ہِستی باج چھس نِبہبر نیران ۔ ارون چھُ دروازس نکھہ وأتھتھ ۔ درواز دِنہٕ بڑٕ وٗتہہ)

گُڈ بائے ۔ (نِبہبر نیران تہ بَر لیوان دِنہٕ ۔)

(اناتھ چھُ ژکھِ ہوٗت ۔

جے پرکاش چھُ ژھوپہٕ کرِتھ ۔)

ناٹک : (خشمہٕ ہوٗت پھِرٕکان ۔) سکاونڈرل . . . . .

(سیوا چھے اژان ۔ وۄدنی روٗزِتھ بوزان ۔)

مےٗ پڑ ژھینہٕ ورأئی صدارتہٕ یا یِتھ میٖون ناو لیکھتھ مےٗ پڑھان بلیک میل کرِن ! از نتہٕ بہ أمس کھوٗرن تل سجدٕ دِمہا ۔ پننہٕ کورِ ہنٛدی ساری رسم تہٕ دوٗکھ منٛشرأوِتھ کرِہس بہ جَلسس منز تأریف ۔ أمی سنز یہ چاٗری چال وُچھتھ چھےٗ دُلٹی پھیران ۔ یہ گوٗو سُے آتم کتھاوول ـــــ پتِہ چھِنہٕ لیوان ۔ أمی سندِ پور ینہٕ ہِستی گوٗو یہ دلیوان خانہٕ أزنیک

دوہ ___ پربھتھ کینہہ چھُ موٗکر گومُت ۔ دپان چھس شران یمہ ہاکرٕ ہتھ ۔ یہ فرنیچر، یہ فرش ___ سورُے گژھہ چھلُن ...... یم ...... یم ساری چیز گیہ ناپاک ۔ چھوٗ کھ چھُ لوٗگمُت یمن ۔ وُچھ کس ستی گیہ اسہِ گیٖڑ کس ستی ......

(جے پرکاش چھُ اکس کوٗنجس منز سیواہ سورُے ونان کیاہ ہیُد)

جے پرکاش : (کتھ موکلاوِتھ) ییہ دراو ہتھ پاٹھو زنہ اکھ پہلوان دراو دب زینتھ اکھاڑٕ منز ۔

ناتھ : (ٹیشس ییتھ) ہا تیلہِ چھے اُسی نہ اکھاڑس منز وُتھو متی ۔ ڈیپرس چانہ کھو نہ ہتھ گیہ دو کھہ دشمن بُہتھ ۔ اَے وِل بی دَلا سٹ پرسن لوٗ سبمٹ لوٗ دیٹ بلیک میل ۔ بُمتھ یہ زانکھ زٕ اسی کیاہ چھ لوٕ موٗ کلہ بینمتی ۔ اسہ چھے سنگلاخ پہاڑن سوٗر کرِتھ ہیمتھ تیلہِ ۔ یہ ناتھ دیولالی کر نہ چھُ زانہہ کانسہ ہندس چندس منز بیوٗ ٹھمُت نہ بیہہ زانہہ ...... ہر گز نہ ۔

(ژٕ کھہ ہوٗت چھُ اور لوٗر کران ۔)

سیوا چھے کتھ تام ستی راؤ مژ ہش ۔

جے پرکاش چھُ بس وُچھناہ کران ۔)

سیوا : (ناتھس کُن) بہ زن ونہا کتھاہ ؟

ناتھ : (ہناہ نرمی سان) وَنہ سا ۔

سیوا : ژٕ یے بیٖپی اکھ جلسس منز گژھے ۔

ناتھ : اوہ لو ۔ مے ہے زوٗس بیٹھ نہ واتہ لو نہ نہ ......

سیوا : گوڈ بوز کتھ میانی کتھ ۔ پتہ یہ خوش کری نہ ...... وُچھ نہ اسی

چھ ووکھ پاٹھو گیرس منز۔ اگر اَسہ ناراض کورُسہ ستاوِ جیوتی بیٚنہِ ہٕ بیٚنہِ۔ (ناتھ چھُ ہوان وُنُن کیٚنہتام، سو چھےٚ لَس وَنہٕ نہٕ بھتھ رٹان) گوڑٕ دِتہٕ مےٚ سورُے وَنہٕ۔ جیوتی کُن وُچھتھ چھُ کھوژن ہیوٚ لیوان۔ سوال چھُ جیوتی ہٕ زندگی ہُنُد تہٕ وو پرما چھُ کانٛہہ۔ ہَنٛن چھُ اولاد۔ ژٕ زن گژھکھ ہٕ جَلسس منز۔ یہ وَنہٕ لَس پیٚٹھے لاگہِ سہ جیوتی سِتی کیاہ..... (اتہٕ اور چھُنہٕ وُنی ہتھے ہیکان) تۄ کنہٕ بیٚیی اہندِس جلسس منز گژھِنے۔ صدارتھ ہٕ بیٚیی کرنی تہٕ رُت رُتے بیٚیی وَنُن تہٕ۔ تہٕ زن گوو کتابہ پیٚٹھے تاریف تہٕ کرنی۔ اَتھ منز چھُ اَسہ ہَنٛن غرض سوچُن۔

(ناتھ چھُ ہوان بیٚنہِ کیٚنہتام وَنُن مگر بھوران چھُس نہٕ۔)

سیوا: یُھتھٕ ناراض گژھکھ۔ پوٚز ہے بوزٕ و اُتھی چھکھ ژےٚ ذمہ دار۔

(وونی چھُنہٕ ناتھس حواسے ڈنجہِ روزان۔ لَس چھُ ہَنٛن پان ڈوکھہِ روس باسان تہٕ اَتی چھُ صوفس منز شٕر بھتھ گژھان۔)

ناتھ: (کلہٕ بوٚن کُن ژھنتھ) اَےٚ ایکسیپٹ۔ بہ گژھہ اَتھ جلسس منز۔ صدر تہٕ بتہٕ۔ ہٕنس باشنس منز کرٕ لَس تاریف تہٕ۔ لوٚت تگیم تیوٚت......

جے پرکاش: (اژکھہِ سِتی وُہتھ ہیوٚ لیوان) ڈیمڈ.....ڈیمڈ.....ڈیمڈ.....ڈیمڈ.....!

(سُہ چھُ ژکھہِ سِتی دزان ہنبر گژھان۔ بَر چھُ کرٕچ کرتھ پانے دِنہٕ لیوان۔)

(لیوٚرٕ ژھوپہ۔ سیوا چھےٚ رٕسہ رٕسہ ناتھس نکھہ گژھان۔ لوٚت پاٹھو چھےٚ تمہٕ ہٕندِس پھیکس پیٚٹھ اَتھ تھوان تہٕ بتہٕ چھُس لوٚت لوٚت کھاپھ دِوان۔ وارٕ وارٕ چھُ اتہٕ گوٹ گژھان۔)

# دوٚیُم ایکٹ

## منظر: ترٛیے

دوٚیُم ایکٹ : سُے دلیوان خانہٕ ۔ رأژٕ ہشِرِ یمے نوٚ بجے ہشہٕ ۔

ترٛییمُ منظر: دکھنہِ چھُہٕ اتہٕ ۔ اکھہٕ کُن چھُہ اکھ نایٹ لمپ دزان ۔ امینک سوٗت سوٗت گاشہٕ چھُ اندٕ دِکھو ۔ درواز چھُہ مژٕرنہ یِوان ۔ سیوا تہٕ ناتھ چھِہ بینبرِ بیہِتھ اندر ازان ۔ سیوا چھِے یُڈ ہُتہ زالان ۔ ناتھ چھُ بیہان صوٗفس بیہِتھ ۔ کھوٚ کمت ژھیوٚ نمُت ہُتہ و وہ دآسی ۔

وہ نِ چھُ امی بُرِ جے پرکاش اژان ۔ رٕ سٕے چھِہ بُرِ دوان سیوا ہتہٕ جے پرکاش چھِہ ہُتھکِتھ بہِنہٕ ناتھس کُن ڈچھان روزان کینہہ ژٕہی چھِہ ہیتھے پاٹھو نیران ۔)

سیوا: ترِلیش اناہ بہ لوٚ ہہٕ کرٕژھ ؟

ناتھ: نَہہ

جے پرکاش: بھائی جی، کانی چیٖہِ واہ ؟

ناتھ: نہ سہٕ کھوٚ ۔

سیوا: (ناتھس کُن) ترأوی لو لرٕ ہش۔

جے پرکاش: ڈُنی وَے ہٕ یہ دِموکلس موکھٹ تھٕچھ۔ دلہٕ آرام ہیو میلہِ وِ۔

ناتھ: لوہہ چھا باسان زِ مےٚ چھُہ کینہہ گومُت؟ دوٚ یموٚ یہ چھُس وارکاہ۔
اَے ایم فاین۔ اورٕ یہ بدلاؤم ہٕ پکلو ہٕ بیوٚ تھٔس یینتِن۔ بس۔

جے پرکاش: لاگو وٕ روی ٹنکر سُندر ریکارڈیش پسند چھُہ؟

ناتھ: پرکاش بابو۔ کیاسہ دلیل۔ ازکتھ پیپٹھ سنا ماٚلی شتر خدمتھ کرنک
جذبہ لیوتاہ ووتلتھ آمُت؟ دلیل کیاہ چھےٚ؟

جے پرکاش: کتھ نہ۔ ترتھ چھُس کاہنہ کتھ..... ٹیلوزن پرژھامو......

سیوا: (کوشش کران ناتھس کُن) جلسس منتر کوٚرواز لوہہ سپھاڑرت
تقریر۔ اِٹ واز اےٚ گُڈ ٹاک.......اوس ناپرکاش؟

جے پرکاش: تُکھ ہٕ اُسی وِنان زِ بھائی جین تقریراوس سارِوے کھوہٕ
رُت۔ ہٕ بنیہ لُوڈی پوائینٹ۔

ناتھ: کیازِ چھُو ایرِٕ ونیچ بیماری لارٕ ہمُت؟

جے پرکاش: اکھ منتر کیاہ ایرِٕ ے چھُ؟

ناتھ: لوہہ ما باسان زِ بہ یہ ونان چھُس ہٕ پانہ۔ بوزی کتھ ہکان
...... وازیہ کینہہ مےٚ تتہ ووٚن، ہٕ اوس ستروٚ نیٚٹ بکواس۔ زھورے
پرابھ اسپاٹ! پھراہ اوٚرک پوٚرک۔

سیوا: اسہ وٕ لوٕبی زِ اسہ کوٚرن تُہند تقریر خوش۔

ناتھ: ووونی وااز کمز اوٚت پیپٹھ زِ سیوا پہ ہٕ ہیوت پنُن عادکھ ترأوتھ
مےٚ خوشامد کرُن..... ژٕ سوٚرے پے چھےٚ زِ میانہ آواز ستہ

آیہ زبردستی یہ بدکأری کرنہٕ ۔

سیوا: لوٚ ہیٚہ کیاہ، لوٚ ہیٚہ ؤنٛداتھ کِتابہٕ پیٹھ بینٛزرا ے . . . .

ناتھ: تِتھ کتابہٕ متلق چھےٚ میأنی رأے سیٹھاہ خراب . . . . . سیوا . . . . .

سیوا: تُمہٕ دوٚ ہیٚہ ہیٚے لوٚ ہیٚہ سأرِے کِتاب پٔرِتھ بدلے کینٛہہ تام ونیوو . . . .

ناتھ: تُمہٕ دوٚ ہیٚہ أسو مےٚ ڈٔلہ میتھ . . . . . . بہٕ اوٚسُس فأطِر . . . . از چھُس نہٕ کینٛہہ ۔

سوٚ کِتاب چھےٚ ناوِل پاوٕل کینٛہہ ۔ سوٚ چھےٚ سوانح ۔ حقیقی زندگیہ منٛز ژوٚن وأنس أکس النساہ سٕنٛز دلیل ۔ یہٕ پٔتھ روٚز یہ کُتھ زِ سُہ روز پر یتھ ساہہ بٔزِس دامنس ژٔٹِتھ ، یہٕ چھےٚ زِمہٕ دأری لتس النساہٕ سٕنٛز ۔ مگر تجر لوٚ ستی چھُ أخرِ یہ اٖیُنٛز ثابت سپدان . . . . یہٕ چھُ سانگ ، تیتھ سانگ یتھ منٛز چالاکی ہٕ فنکأری یہ چھےٚ ۔ سُہ النسان یہ ایُنٛز ۔ تمو سٕنٛزِ زندگیہ ہٕنٛز سأری ویلیوز نقلی ۔ زیادھوٚ یہ زیادٕ چھےٚ سوٚ کِتاب اکھ خوبصورت ناول ۔ لوٚے چھےٚ سخ دوٚ کھ دِوان ۔ تکیازِ یُتھ اٖیُنٛز چھُ أکس موقعہ پرستس زنم دِوان ۔ تمِس موقعہ پرستس منٛز چھُ شیطان ژوٚر ۔ اتھ بیٹھ یُس یہ سوانحک لیبل چھُ مُرِتھ ، سُہ لیبل تُلِتھ گوٚ ژھہ اتھ لیبل مَرنٛ زِ یہ چھےٚ اکھ حقیقت اکھ بنیاد مأنِتھ اکھ بےٚ بنیاد ناوِل ۔ (از یوٚ لٹھ ووٚش نزأوتھ) نہ ۔ سأری دِلت آسَن نہٕ یتھی ۔ نہٕ ہر گز نہٕ آسَن ہٕ ۔ یِمن چھُ بیٚٹے سُند دوکھ ہٕ دود بوزُن لگان ۔

یِمن چھُ بیٚنٕ پان النسانن منٛز شمار کرناوہٕ بایتھ واریاہ کینٛہہ دِین پیوٚمُت ۔ یِم چھ بیٚنہٕ تکلیف زانان ۔ لوٚ کنہٕ آسَن بیٚین ہُنٛد دوکھ دود یہ زأنِتھ ۔

(بے قرٲری مَنز اوٚرٕ یورٕ پکُن ہیوان ۔ بُتھِس پیٹھ پھس دِین
ٹاکارٕ)

جیوتی دُھیایم ۔ کاٚژاہ ہوٚ چھُم نٕ پھیے ۔ ژٕ بری اُس آمٕژ تہٕ بیچاپہ کیتین
تام پہٕ کُن ۔ مےٚ وچھ سیٚنجہ بیٹھے، دِلس وو ژھایم دگ ہنش،
وٕیوم وو کتھ تہٕ بینہ لَسٕ نکھ ۔ تہٕ ڈیہس گوٚبرٕ یہ کیاہ چھے پالس
کوٚرمُت ۔ (یان جذباتو لٔشہ موکلاوِ کتھ ۔) بہ اوٚسس بنٕنہٕ تقریر ک
ژھوژٕ رتم ہندِس بُتھس پیٹھ پران ۔ سو آسہے یہے کہہ بہہ وٕرش
پیلہ سو میانس تقریرس تنقید کران اُس ۔ پراران اُس آسان تہٕ بیٹھے
گرٲس واتان اُتی اٲسم ونان 'بھائی جی، از کوٚرتھ بلی بکواس،
بُتھہٕ وو فِ بینہ زاہہ کرکھ ۔' نہٕ ہے منزٕ میون تقریر پسند پیہ ہس،
لَس آسہ خوشیہ تہٕ فخرٕ سیتی اچھ نٲپان ۔ سوے جیوتی ازٕ بینہ آسنہ
تہٕ ..... (ژھوپہ پھس گژھان) میانہٕ اٲزی چہ بے ایمانی سیتی
میانہٕ جیوتی زندگی وہرٲوِتہٕ بابہتھ کینہہ حوصلہ ..... میلیس نا سیواہ؟

سیوا: (سنجیدہ پاٹھی) اٲخرٕ تہٕ لوٗز کتھ ژٕ تے میون ۔ مےٚ چھُنہٕ پَیز پہ کہتھ
پاٹھی ہبکہ چھون پہ قرضہٕ نکھ واٲلتھ ۔

ناتھ: دوٚپہے مےٚ کوٚراہ پہ چانہٕ موکھ اِمےٚ کوٚر پہ سورُے بنٕنہٕ موصُم مگر
ضِدی کور ہندِ موکھ ۔ بتہٕ پہ میانہٕ موکھ پالس گدروو، تہٕ دُچھتھ
گووٕ نہ پہ کینہہ تہٕ ۔

سیوا: تمہ پہ کیٚشرٕ شہاہ تہٕ کوٚر تے کوٚرن پننہٕ یرشہٕ ۔ ژٕ چھس تلی سورُے الزام
پالس پیٹھ ہیوان ۔

ناتھ: نہ۔ بنان چھُناہ سو بدلاوِ ہے کیٚنہہ کال گژھی کھٕتے پٲنٛژ رایہِ؟ سو چھےٚ جذبٲتی ضروٗر، مگر سو چھُنہٕ وُمتبلو۔ اَسہِ لوٚگ پننٛ سوشل کمٹمنٹ داوس۔ دوٚپس شاباش! ایکان گژھ۔ یہِ تہٕ گو واکھ انقلٲبی تجرباہ! مےٚ ژیٚچہِ لتسندِ باپتھ پوٚت پھیرنٕچ وَتہٕ تام۔ ازچھُم یہِ سوزٕ کیٚنہہ زانُن لگان۔

سیوا: وُچھ سہ، تمہ کوٚر ضدس لایٕنہٕ پتھ یہِ کھانٛدر۔ اگر نہ ژٕ کھٕنٛژ تہٕ وَنہکھ لتس، لتوٚ تہٕ روزِ ہے نہ سو امہِ لبٕنہٕ پتھ۔

ناتھ: لتوٚ تہٕ دِژوتھم ژےٚ اِشارٕ۔ مگر مےٚ لوٚزنہ چون تکیازِ تمہ ساتہٕ اوس مےٚ اوٚکےٚ گوٚمُت زِ ذاتھ پاتھ تہٕ ہیٚور لوٚن لٔنہٕ یہِ موٚکے پرآٹھ۔ تمیک نتیجہ دراو یہِ زِ پنٕنٛژ جیوتی دِژم زِ ...…

جے پرکاش: پلیز بھائی جی۔ ژٕہ کیازِ پیچھہ پاٹھو کھتہٕ کران؟

ناتھ: مشرٕ منزٕ گژھ ناپالنس احتساب کرُن؟ تمہ تلہٕ نیر کیٚنہہ یا متہٕ نیرِ تن۔

سیوا: مگر یہِ وُچھو، امہِ ہستو کوتاہ صدمہ چھُو ووتمُت۔

ناتھ: ناٹ ایٹ آل۔

سیوا: اکہ چھکھ بروٗشمےٚ ٹینشنس منز، تہٕ پیٹھ یہِ ...…

ناتھ: یہِ چھکھ ژٕ ٹلی سوٗنچان۔ ژٕ چھکھ مےٚ پوٚت جذبٲتی زانان، سیاستس چھس بہٕ سیٹھا پوٚمت۔

جے پرکاش: لتوٚ ہنہٕ چھےٚ ازکیتھ وارِیاہ ٹھٕہر ٹھٕہر باسان۔ بھائی جی۔

ناتھ: ژےٚ چھےٚ نالوٚزُن لگان! اروٗن آٹھو لے سُند یہِ ماسٹر پیس ٹُرکتھ

اوس مےٚ بکھہ ہیو آمُت ۔ پانےٚ اوٗسُم زاٗنہہ تاٗ نہہ اوٚنمُت ۔ بہٕ اوسُس ژاٗری زاٗری خوبصورتھ لفظ ماٗدانس منٛز تراوان تہٕ سُہ اوس سَن قتل لوان گرِ تھہ ۔ مہاپُرشن ہنٛدی دوٚ پی اوسُس وُٹھہ مٕنٛز ورتاوان ۔ بایرن تہٕ کُماگرج چھ میأنی پسندیدٕ شاعر ۔ تمن تہٕ اوسُس ہوٚٹ چیران ۔ سُہ تہٕ اوس زمانہ ہیٚلِہ بہ کھانڈکیبر نی سینٹی مینٹل اُدرش وادن ڈہہتھ اوسنس ہیوٚمُت ۔ اَز ییتہٕ کنِہ کھانڈکیبر آسہ، تس آسہِ میانہٕ ڈسی اِیذا واتان ۔ از تروو نہ مےٚ سُتِہ ۔ وَنے کیاہ ؟ یہ پاپھ کیازِ کوٚر مےٚ ؟ پننہٕ سو نہٕ کورِ ہنٛدِ موکھ ۔ پننہٕ موصُم کورِ ہنٛدِ موکھ ۔ تس بچارِ ہے کانہہ راہ چھُ ، سُہ چھُس ییتےٚ زِ تمہٕ کوٚرِ پننس ماٗلِ سٕندِس گاٗنجارس پیٹھ زیادٕ بروسہٕ ۔ تمہٕ تہٕ زٹ ہپنس ماٗلِ ہنٛدی اخلاق تہٕ عادتھ ۔ تمہٕ تہٕ روٚٹ پننس ماٗلِ سُنٛد لبرلزم تہٕ تمہٕ سنٛز اِلنسان دوستی ۔ پرکاش بالو میوٚن ہے ۔ لوزکھ اکاٗےٚ کاٗم کرٕہی زِ ، تہٕ زن گوو ماٗلِ ہنٛدِس پرہپتھ کُنہِ کیتھ پھرِتھ کرُن ۔ ژٕ ہیٚچھ تمہٕ سنٛد رنگ ڈنگ تہٕ گاٗنجار وارٕ پاٗٹھۍ وُچھُن ۔ تس پیٹھ کرٕہی زِ نہ پرژھ ۔ ژٕ ییتہٕ ہے ہژٕ تہٕ پیکھِ زٕ سس منٛز ۔

سیوا : (پھٕتھہ رٹان ) یِم فضول کتھہٕ مٕتہ آسی لوٗگران ۔ توٗ ہے چھُ وارِ یاہ دوہ کھووتمُت ۔ گرٕ ژھوا اندر تہٕ ہناہ کرِ و آرام ۔ بہٕ بیہمہٕ تتی لوٗ ہی نش یاٗرہ ہہ تام ژٕ پیٚھکھ تتی تہٕ کرکھ مےٚ سٕتی کتھہ کتھہ ۔

ناتھ : گرٕژھ ژٕ ۔ ژٕ بےٚ کمہٕ دوٚ پےٚ مہ گرٕژھ ۔ ژٕ گرٕژھ تہٕ کر کاٗم پننہٕ ۔ بہٕ روزہ ییٚتےٚ پنٕنی کنہٕ زوٚن ۔

جے پرکاش : لۄ ہر لسہ چھُہٕ مزازٕ ٹھیکھ ۔ بھائی جی ۔ باسان چھُہ زِ تہٕ لۄ ہہ کینٛہہ رووُمُت چھہ

ناتھ : ہتاراوان چھُہ دیشُس ۔ سیاست کارس کیاہ سَنا راوِ؟ تمِس چھُہ لگان

یوٗ ہے شطرنجاہ گِندُن ۔ مران چھہ پیادٕ ۔ اسی چھِہٕ مرن والین منٛز ۔

سیوا : (ناتھس نکھہٕ گژھتھ، لتس الحتھ لاگِتھ ) وچھوو ژٕ ۔ یکوٕ اندر اژو .....

ناتھ : دو پموو نابہ چھُس وارٕ کارٕ .....

سیوا : (سوٗ چھےٚ لتس زورٕ تلان ) مےٚ چھا دیمت از تام لۄ ہہِ آرڈر؟ پلیز!

ناتھ : کمال چھو کران ۔ (یہِ وٕنِتھ ٹھٔوو دوٚ ٹھان تہٕ سیوا یہٕ سٟتی اندر اژان ۔)

دیوان خانس منٛز چھُہ جے پرکاش کٔنہہ زوٗن ہیٚتھ سوچان ۔ یَتہٕ چھُہ سُہ

اکھ کتاب تلان ۔ ئلی ہیوان پرٕن ۔

دروازٕ چ گاٗنٹ چھےٚ وزان ۔

جے پرکاش چھُہ گوڈٕ وٕٹھہش کھوان تہٕ پتہٕ چھہ دروازٕ مژراوان ۔

دروازس پیٹھ چھےٚ جیوتی وۄدنہٕ ۔ سوٗ چھےٚ گوٗبہ کھوٚرٕ ۔ لاغر، ہۄ بٕچھمژ

تہٕ ۂرِ کھنہٕ یمژ )

جے پرکاش : (حٲران گژِھتھ) جیوتی! .....

(جیوتی چھےٚ اندر اژان تہٕ دروازٕ بند کران ۔)

جیوتی : بھائی جی کیاہ چھُہ ونکین کران؟

جے پرکاش : اندرٕ کنہ ۔ مٲج تہٕ چھےٚ تمنٕ نش ۔

جیوتی : کیازِ؟ یِم چھا وارٕ یا ٹھٔو؟

جے پرکاش : وارےٚ چھہ مگر چھےٚ ڈسٹربڈ ہیو ۔ ژٕ وَن، ژٕ کیتھہٕ پأٹھٕ؟

جیوتی : بس چھےٚ ۔ بھائی جیس اٲسم کتھاہ ونٕنۍ ۔ تتہٕ ہیکہٕ ہُس نہٕ جلٕ منٛز

وُٹھ. لُوٗ ے پیوم یُن.

جے پرکاش: یوٗت ژٔ یرِ، راتھ کیتھ ....؟

جیوتی: وُنہِ پھنا ہشار ے؟

جے پرکاش: پٔے چھُم نہ۔ ژٔ کونہ اندر اَژِ تھ وُچھان؟

جیوتی: (ہناہ سوٗچتھ) نہ۔ اگر تم وُنہِ ہُشار ے آسن، ڈٔپ زِ بس بہٕ چھس آمژ۔ تہٕ مے چھےٚ لس یتھ کیتھ کرٕنی۔

جے پرکاش: (تمو سنز کتھ منز وو پرارٕی ژٔ بیٚتھ) اگر شوٗنگِمتی آسہِ تیلہٕ؟ ماجہٕ وَنا چُھون ژٔ چھکھ آمژ۔

جیوتی: اِدٕکیا، وَننس۔ وو، گو وکیتھ چھم کرٕنی بھائی جیس ستی۔

(جے پرکاش اندر اژان۔ سُہ چھُ وُنہِ تہٕ حأران۔ جیوتی چھےٚ روزان اَتی بیٚہتھ تتھ پأٹھۍ زَنتہٕ کأنسہِ ووپرینڈٕ چھےٚ۔ فوٗنژ گأنٹی چھےٚ وزان۔ یہٕ چھےٚ وزانے روزان۔ سیوا چھےٚ اندرٕ نیران۔)

سیوا: (ریسیور تُلان تُلان جیوتی کُن بیٚہتھ پدرٕن تام اکھ نظر تراوان) کہی دٔلیل جیوتی؟ ژٔ ہیٚکہٕ نکھ نا اندر اَژِ تھ۔

(جیوتی چھےٚ جوابے دِوان۔ سیوا چھےٚ فون تلان۔)

سیوا: (فونس پیٹھ) ہیلو، کُس؟ مدھو؟ بہٕ چھس سیوا۔ تم چھےٚ شوٗنگمِتھ۔ ٹھیٖک چھکھ نہ ٹھیک .... نہ تتھ کأنہہ کتھ نہ کیٚنہہ۔ بہٕ ونہ تمن نیٚندرِ وُٹھتھ فون کرُن .... ؟ اِٹھیکھ چھُ بہٕ وَنکھ۔

(ریسیور تراوان)

جیوتی: (ؤڈِھتھ) بہ دٕرالیس۔

سیوا: (حأرٕ سان) کِہی زٕ؟ وُنی وُنی ہے آیکھ تہٕ وُنی کیاز نیر کھ......

جیوتی: (دروازس کُن پکان) بھائی جیس وُنی زٕ بہ یمہ بیٚنیہ فون کرٕ ہٕ پیتہٕ۔

سیوا: (حأران) جیوتی، یم کہے ور چھکھ کران؟

جیوتی: مےٚ ہے اُس بھائی جیس اکھ کتھ وَنٕنی۔

سیوا: یم کیا آیہ تم تہٕ۔ ژٕ کوٚت درایکھ؟ کھیٚن تہٕ چھُ تیار۔

(جیوتی چھِہ کھیٚن وَنان تہٕ ژھوپہ کرِتھ چھےٚ شرٛوکتھ ہش وۄدنہٕ۔ ژٕےٚ نے اکھ منٛز کینہہ باسی تیلہٕ نیر تہٕ کھیٚن کھیوتھ۔)

ناتھ: (جیوتی ژھےٚ لس کُن حبہٕ سان پکان) آیہٕ کھہٕ ژٕ جیو، گوٚبری۔ ژٕ کیاز ہیٚتین بَرس لنشی وہ دِنہٕ؟ وولہٕ پوٚتن تہٕ بیٚہو۔ (تمس چھُ پالس لِش اُمہٕ صوفس پیٹھ بیٚہناوان) مےٚ وَنٕ تہٕ ژٕ کیٚہٕ پأٹھٕ ؤنکین ہنگہٕ تہٕ منگہٕ آمٕژ؟ بڈٕ رُت کوٚر ہتھ۔ ژٕ پٔرژھ سیوا یہٕ اُسی اُسی اُدی چانے کتھ کران۔ میانس بھاشنس پیٹھ اصلی تنقید کرن والیٚنو چھکھ ژٕےٚ یأژ۔ ژٕ اسکہٕ تیلہٕ شٔرے تیلہٕ......! جیوتی یہ چھُس خاص پأٹھٕ ژٕےٚ مأنی منگان ز ژٕےٚ بیٚوڈے از میون تھ ردی بھاشن بوزُن۔ اکھ اوس خاص وجہ زِ بہ ہیٚوکُس نہ پننس بھاشنس منٛز زور زہٕ پأد کٔرِتھ۔ چھُنا؟ از اوس میون پرفارمنس سیٹھاہ خراب، دُسہتھ تہٕ منٛدٕ چھاوُنس لایق۔ وار یا بہ کاڈُن اُسہم ژٕ از بروٚنٛہ کنہٕ تہٕ بہ اوسُس بولان، مگر بدقسمتی پننہٕ زٕ اُزٕد ہیٚوکُس نہ بہ بوٗلِتھ کتھیکھ۔ اُز آسہتھ ژٕ... تےٚ ضرور وۄنمُت یہ مول میون کیٚتھ چھُ.....؟

جیوتی: اخو شک آیہ) مےٚ چھےٚ لوٚ ہہٕ سُتی کتھ کرٕنی.....

ناتھ: تہٕ بہ روُدس ہمیشکی پاٹھیٚ لکان۔ یِہ چھُم ناہاےٚ۔ یُتھۍ کھیٚنہٕ چیٚنہٕ ورٲی نیرکھ۔ ادٕ سہ یکھ أسی کرو تی ڈاینِنگ ٹیبلس پیٹھٕ کتھ۔ یُتھےٚ أسس منٛز میوٗنڈ کھنڈ بیِیم أتی کرٕ بہ کتھ کم۔ یکھ

جیوتی: (ہٕتر نیارسان) نہ ییٚتی ہےٚ کرو کتھ۔ ییٚتی ہےٚ روزٕ جان۔ (سیوا یہ کُن وُچھان)

سیوا: میا نہ ییٚتی ہےٚ روزنہٕ دارٕ وِشاید تکلیف؟

جیوتی: (تژوشر سان) روز کھ ہےٚ تہٕ جانےٚ گیوو۔

(سیوا چھےٚ نٕکھ ہٕٹ ییران۔ ناتھ چھُ ووہ نی جیوتی ہُند تروشُر ٹھیکھ پاٹھیٚ ژہ ینتھ ہیکان۔)

ناتھ: وَن بی۔

جیوتی: (گوڈٕ چھنہٕ اچھ تُلتھ ہیکان تہٕ پتہٕ چھےٚ یکدم ہےٚ بُتھ لگان) أزی کس جَلسس منٛز کیازٕ أسی وِتھو گمتی؟

ناتھ: (سوال یکوٹے لوٗ زتھ چھس گُھٹ گوچہ گژھان) باہ؟ ادٕ صاحب؟ أسہ ہےٚ دعوتھ أس دِنہٕ آمٕژ۔ سون ناو اوس اخبارن چھپیومُت تہٕ پوسٹرن تہٕ کھوٚتمُت۔

جیوتی: لوٚ ہہ کیازٕ دیتوٗ بھاشن؟

ناتھ: (بےٚ سوکھ سپدِتھ)۔ أخر أسی ہےٚ بھاشن دِنی یمن جَلسن منٛز چھےٚ گژھان، اگر نہ أسی آسو تہٕ تیلہٕ ہیکہٕ کینہہ تہٕ......

جیوتی: اپُز!

ناٹھ : ایُز کیاز؟ اَہن سہ ہتہ یَے گوڈے اندیومُت اوس زِ اَسہ چھُ بھاشن دیُن۔ آخر صدر ہے بہ اوسُس۔

جیوتی : لۆ ہہ کیاز لۆلوارؤن نہ کتابہ پیٹھ ؟

ناٹھ : ہتہ زِ ؟ کھٹہِ کھ بولُم نہ ، پتیاہ ؟ مگر مےٚ ہےٚ کِتاب رِشہ ئس باسیتھ.....

جیوتی : بھائی جی ۔ مےٚ مہ اُسو ایُز ونان ۔ لۆ ہہ کیاز لۆلوارؤن نہ کتابہ پیٹھ ؟

ناٹھ : ( ایُز وننُک فاصلہ کرِتھ ) تکیاز مےٚ اوس ننیومُت زِ یہ چھےٚ گریٹ تخلیق ۔ پڑھ کھےٚ ہتہ پننہ ماجہ پزِ زھ ہتہ .....

جیوتی : ( ترِ کرارِسان ) ایُز چھو ونان تۄہہ !

ناٹھ : ( واد ہیُو کرِتھ ) نہ ، پۆز چھُسےٚ ونان ۔ پڑھنےٚ کِہ ہم وسنس کرِ ہتہ فون نہ اَتی نی ۔

جیوتی : مےٚ کُتھ چھِم گواہ ضرور کِتھ ؟ مےٚ پےٚ چھُ زِ تۄہہ چھِوا ایُز ونان ۔ کِتاب چھےٚ ہتہ لۆ ہہ پسند ......

ناٹھ : ( اندری کھۄژِتھ ، مگر نیٹرِ وُ بڈِ ہٹہ ) ژ کیہہ ہتہ پاٹھۍ ہیکھ یہ وُنہتہ ؟

جیوتی : اگر پسند آسہو ، تیلہ دِی وِہو ہہتہ پاٹھۍ بھاشن ؟

ناٹھ : ہتہ وۄنےٚ نازنی گو وھاشن سیۆد ۔

جیوتی : مہ اُسو کنہ پھرِ نِچ کوشش کران ۔ از کرِ ونا لۆ ہہ جلسس منز شرکتھ تھۄہ اوس بدلے اکھ وجہ ۔

ناٹھ : تیےٚ چھُ اُسو کھِتےٚ اِرون ہے پانہ اوس آمُت .... ژےٚ آسنے وۄنمتےٚ ۔

جیوتی : تۄہہ اُسو وِاوے کِنہ گمتہ ..... بیٚیہ اوسو دۄپمُت زِ مےٚ چھُ خوف زاگرِ نہ گوس ، ارون ماگرِ مےٚ پیٹھ بیٚیہ ظلم ۔

ناٹھ: (لاجواب سپدِتھ تہٕ) ویل, سہ کنسی ڈریشن اوس نہٕ، تیتہٕ ہیکوہٕ ڈٕنِتھ....

جیوتی: (اترٕوِتھ سان) سہٕ کنسی ڈریشن اوسہٕ، بیا کھ کنسی ڈریشن اوسہٕ نہ....
لۄ ہہٕ....... اُزنیک بھاشن اوس ردی اُسی بِتھے، یہٕ اوس باسان زِ تہٕ کرائیس پیٹھ اننہٕ آمُت کانٛہہ چھُ بولان۔ تۄہہٕ کیا ہ موٗزوٗرِ پیٹھ اُسی یُوا بولنہٕ یِمتی ؟ موٗزوٗری رٹِتھ اُسہٕ واہ تۄہہٕ تارٕیف کران ؟

ناٹھ: (اسمجاوہٕ پاٹھو) جیوتی.....

جیوتی: بہ ہیے مَر ہاتہٕ، لۄ ہہٕ پیٛزٕ ہانہ بھاشن دِیُن۔ لۄ ہہٕ کیا یِتھہٕ پاٹھی کوٗرواہ مےٚ پیٹھ احسان کانٛہہ ؟

ناٹھ: احسان کمٕنٛک..... اُسہٕ ہیے اکی گرِ کُ باٗژ چھ تہٕ......

جیوتی: کتہٕ چھُ۔ بہٕ چھس نہ بیٚمہٕ گرٕچ باٗژ کینٛہہ.....

ناٹھ: ژکھِ منز ژٕ کینٛہہ تہٕ ونہٕ، لۄ تہٕ.....

جیوتی: (ژکھِ ہوٚت) بہٕ چھس نہٕ بیٚمہٕ گرٕچ۔ بہٕ واتہٕ نہٕ لۄ ہہٕ منز کانٛسی کینٛہہ۔ یِمقہٕ بیٚمہٕ بہ کٕنِتھ زٕلیو پیٹھ ہیو۔

ناٹھ: (کتھ گنڈ نہٕ ہناہ زٕ اُ ینتھ ژالان) اَدٕ کھنز چھکھ ژٕ ؟ تیٚے ؟

جیوتی: لۄ ہہٕ چھُ سوٗرے یِے بہٕ کھنز چھس۔ یُس نہٕ لۄ ہہٕ پسند چھُ یُس تۄہہٕ اچھوٗت چھوٗن زانان۔ بہٕ چھس لتٕنزے پسندٕ چھُہ لگنہٕ سیتہٕ تۄہہٕ شوٗز نہٕ صاف مَن برٕشٹ چھُ گرٕژھان، بہٕ گیٚس لتٕنزے.....

ناٹھ: ژٕ ہِی چھکھ مےٚ غلط زانان جیوتی.....

جیوتی: زیادٕ اُیٛزٕ مہ اُسو نان۔ پلیز.....

ناٹھ: (ازنیتہٕ پرِیتھ پاسہٕ ڈٔلِتھ روٗٹمُت چھکھ) ژٕ کِتھہٕ پاٹھی چھکھ یہٕ ڈٕنِتھ

ہہکان زِ أسی چھِن نہ سُہ پسند کران ؟ یِتھ گرس منز ہے تس پیٹھ وزِ سوا گمژ سپُد۔ ا... اکھ کوی ییٚلہ لیکھک زِ اَنِتھ ہے تس اَسہ پیٚز کھ کوٚر......

جیوتی : یہ لوٚزہ مے تھنڈس موٚزور ہیتھ کرنہٕ آمتس بھاشنس منز۔ ایزس یہ دوکھ دِیہٕ دأیس بھاشنس منز۔ یہٕ مے اوس سیٚود فکرِ تران لوٚ ہِیہ کیاہ اوس ژِکہِ دُنِتھ۔ ہہ أسس تیتہ بوزِ کھ ہہکان یِہ نہ تِہُو وٕنِتھ آسو ہہکان۔ ییٚلہِ ییٚلہِ تہِ تس کُن اَچھ ترٛاوِتھ اَسوٚ، زن اوس تمو منٛز زہر پشیمان۔ جلسہ موکلیتھ کہ یایہ تمہِ لوٚ ہِیہ سمکھنٛچ کوشش۔ مے وُچھ ییتہ تہِ دڑایہ وِہتُن سُہ باعزت شخص، اُڈری کُن ترٛاوِتھ زنتہ سُہ کانہہ اوسی نہٕ۔ ناتھ صاب! ییتہ لوٚر ہیٚکو نہ تہُو مے دوکھ دِتھ۔ اروہ نہ باپتھ چھے لوٚ ہِیہ دِلس منز واریاہ نفرتھ، بیٚیہ نہ کینہہ۔

ناتھ : (لوٚ یہ لوٚ تہِ یُتھ سو سمجاوِنہٕ ہیٚکِہ یتھ)۔ تۄہہ چھُکھ غلطی کران۔ یہ نفرتھ چھیٚنہٕ مے ارٛذِنہٕ، بلکہِ تمہِ سندین ناکارٕ عادژن تہِ تمہِ سندِ غلط سوٚ باوچ۔

جیوتی : ناکارٕ عادتن تہِ سوٚ باوچ۔ یہ ہے لوٚ ہِیہ نیٚش پی بوزان بوزان بُڈ گیس زِ النسانس سیتی گژھ نہ نفرتھ کرٕنی بلکہ النسانہٕ سٕندین ناکارٕ عادتن سیتی۔ النسان چھیٚنہٕ زانہہ خراب آسان، سُہ چھُ رُتے رُت آسان۔ خراب چھِہ آسان تمہِ سٕندی عادتھ۔ تم خراب عادتھ پرٛزن ترٛاوِنی۔ موٚلے گژھن پرٛاٹھنہٕ۔ اِدِ وُچھتو یہ دُنیا کینژھ پاٹھٕ بنہِ جنت۔ اسہ پیٚزِ النسانس منز شونگمژ دیوتا نیٚندرِ ژُلن.... یہ سورُے چھُ فریب۔ چارن ہُنٛد پرٛاپھ۔ لوٚز چھُ پی زِ تہُو تہِ

چھو زانان آسمٕ زٕ زٕکہِ چھُہٕ انسان اکھ تہٕ تمہٕ سٕنز فطرتھ بیاکھ۔ یِم چھ یکوٹہٕ یِم چھِہٕ بیوٚن بیوٚن۔ تہٕ کانٛہہ ہیکیوٚن تھٕ یا تہٕ سورُے قبول کٔرتھ۔ نہٕ ہیکیوٚن رد کٔرتھ۔ باضے ہیکو نہٕ تھٕ ژٲرِتھ تہٕ۔ انسانس اندر روٗزِتھ حیوان نیندرِ ساوِتھ بھگوان نیندرِ تُلن چھُ بےٚ ملنے خیالاہ۔ تہنٛز یِم سارےٚ کٔتھ زانہٕ موکھ گیہ تہنٛدِ ستۍ مےٚ پننہٕ وٲلنہٕ ہندی وٕہ وٕری ضایہِ کٔرِنۍ۔ مےٚ ہیوٚو پننہِ تجربہ ستۍ ہیوٚ چھُن۔ اروٗن آٹھوٕلے ناواکس ژٕلُس سمکھن۔ لوٗ ہرِ یہ کیٛنہہ مےٚ لُش ژوٗرِ اوس ٹھوومُت۔ تہٕ سورُے دیِت مےٚ اُمی اروٗن آٹھوٕلے ین۔ مےٚ پرٕزٕ تمہٕ سٕندے احسان مانُن۔

ناتھ: وچھی جیوتی، یہ نا ےٚ چھُہٕ ترٛتھ کٔتھ لوب اکھ تہٕ ہےٚ وٕنہٕ اندتھ ہیکہِ۔ اکتھ بیٹھ ہنٛیہِ تفصیلہٕ سان تہٕ ٹھنٛڈٕ دماغہٕ......

جیوتی: تھ روزو تفصیلہٕ تہٕ ٹھنٛڈٕ دماغہٕ کٔتھ کران۔ مےٚ چھُہٕ تمہٕ باپتھ سےٚ تہٕ چھم ٹھنٛڈٕ دماغ۔ مےٚ چھ روتلہ گژھن پننۍ لرٕ آے پاہ لڑہٕ گژھن پیلہٕ اروٗن شراب چیتھ بدمست پاٹھۍ مےٚ لُش چھُ لوان۔ ہیمتھ ہےٚ چھو تہٕ تمہٕ ساتہٕ یی لوٗ تھٕ برونٛٹھ کُن۔ تمس منٛز چھُ تمہٕ ساتہٕ وحشی درندہٕ ژامت آسان۔ وٹھن بیٹھ، ہُتھس بیٹھ... تنہٕ ہنٛدس پرہتھ تانس منٛز چھ اروٗن وحشی آسان۔ تمہٕ گرٕ چھُہٕ جانور منٛز فطرتھ تمہٕ سٕنز فطر ژلنہٕ بیوٚن آسان۔ گوڈٕ گوڈٕ اُسس بتہٕ شہ اروٗن ژھاران لُس نہٕ فطرژ کنۍ ناکارٕ آسہے۔ پہ اُسس تیلہٕ پاگل۔ لوٗےٚ اُس سٔن پہ شہ کوم کٔرتھ رٹان۔ مگر پننۍ تجربن ہووٕم پانے

زِیہ چھُنہٕ تہٕ آسان۔ جانورتہٕ چھُ سُے اَرُون تہٕ عاشق تہٕ چھُ سُے۔
راکھسی تہٕ چھُ سُے اَرون تہٕ شاعر تہٕ سُے۔ یم چھ دٕ لوٗے اکھ اَکس
سٕتی گنڈِتھ۔ یم چھ اکوے اَرون۔ کانہہ کتھا چھُنہٕ تژھ ییمہٕ سٕتی چھے
ژلیتھ آسان مگر لیکہٕ تہٕ لتہٕ کرٕ مہٕ سے منٛز چھُ پیوان موٗنہٕ رٕو۔ اَتھ
وۄکھ حالژ منٛز چھُ یہ محسوٗس کرٕنٕ ژھیوٗمت جِسم شوٗنگان تہٕ ییلہٕ
نیندرٕ وۄتھِتھ کامہٕ سٕتی آورٕ چھُس گژھان تہٕ اَتھ منٛز چھم لاران کیٛنہہ
دردٕ ہتھ اڈلیکہ بأتھ یمن منٛز جذبن ہنٛز گرٕ کھ چھے آسان....
یِموے بأتھ سٕتی چھ اَسہِ ہِنن مجبتن ہُنٛد سر شروع کران۔ تہٕ اَتھ منٛز چھُس
یِمو کنٛو لوزان ییتھ ذٕلیل تہٕ کمینہ تژ یہ کہ کیٛتھ پأٹھ یہ فلاُنہ فلانہ
مخلص اِنسان موٗ بچہ شٕراکہٕ سٕتی کتراوان.... یہ سوٗرُے چھ اکوے
زُون کران۔ اَکی آہٕ کران۔ مےٚ وٕنی تہٕ کُس جانورلوٗن کرن یہ سوٗلہٕ پرأٹھ
ختم؟ کُس بھگوان ہیکہ وُزنا وِتھ؟ وٕنی.... یم سأری چیٖز لأوِتھے
چھُ اَروُن بنیوٗمُت تہٕ سُہ یِتھ چھُ تہٕ تیُتھ مےٚ چھُ سُہ قبوٗل کرُن
تکیازِ یہ ہیکن نہ سُہ رد کرِتھ......

**ناتھ:** کیازِ؟ ییلہٕ یِتھ وق یوان چھُ تیٚلہٕ روزِ بہ تہٕ ژٕ سٕتی.....

**جیوتی:** سُہ وق ییہٕ نہٕ، بھائی جی۔ تکیازِ جنگس منٛز چھُنہٕ کُھر ہأوِتھ ژُلن آسان۔
تہٕ ہی چھُ مےٚ یہ ہیٚچھنو وُمُت زِ حالاتن برٕ ونِتھ کیٛنہ کمُن چھ بزدلی۔ یہ
چھُ تہندے دوٚپ یِتھ بیٚہتھ تہٕ یہ ژٕ رِ پوٚپ میلان چھُ تہٕ یہ وُنِتھ زِ
شوٗن موٗل کوتاہ گریٹ چھ چھُ اَسہِ تہٕ زرِ پوٚپ کوٚر مُت۔ سیُتے پوتاہ،
اَتھ بیٚہتھ کأتیاہ بأتھ چھوٚلتہٕ یہ اَسہِ گوٚڈ کرناوی ہتہ۔ یہ ڈرگ

چھُ سائنس رُتس سےتہ زٲنِتھ گوٚمُت۔ اُمی چھُ سوٗن سورُے شعور موٗرِتھ بنوومُت۔ اُسی ہیکو نہ ژٲنِتھ۔ بنان چھُ ژٲنُن تہٕ پنُن زوٗ بچاوُن ما آسہِ گاٹہٕ جار۔ اسے کھےتُ ما آسہِ پی عملی زندگیہِ ہُند اصول، لوتہٕ رۄزو لوتہٕ روزو اُسی پی گیوان۔ "آگے بڑھتا جا سپاہی، بڑھتا جا"۔ ونان تہٕ روزو پی تہٕ تجربہ کران کران روزو زُو پنُن تہٕ اکھ چھلان۔ تہٕ بھائی جی، تہٕ .... تہٕ رۄزِ زو اِنسانس اندر شوٗنگتھ بھگوان وُزناوان وُزناوان مزس منز زندٕ روزان، بھائی جی .....

ناتھ: (اسے سوکھ گرٕ ژھتھ) جیوتی، یہ کیہے چھکھ ونان ....؟

جیوتی: آ، یی چھُ پوٚز۔ یہ پرزٕ رکس بوزناوِ ہن لتہٕ ہیہِ روّس؟ اوے اُسس پور آمُت۔ (دوٚہ بھتان) بہ نیر۔

ناتھ: پلیز۔ بِٹھر ..... ییتہٕ پاٹھو متہٕ نیرتہٕ ..... اُسی سوچو ہناہ اطمینانہٕ سان .....

جیوتی: سوچو، تہٕ۔ مےٚ چھ پانس ہیٚتھٕ سوچنہٕ ورٲے زوٚن۔ واریاہ چھس سوچان۔ تہٕ اتہٕ چھم سخ تکلیف واتان۔ اتہٕ اد رہیکہ نہ ژٲنِتھ بھائی جی۔ مےٚ دِلیو مافی۔ اتہٕ یہ سمیوم تہٕ گیٚسو وُنِتھ۔ مگر از گیم تہٕ ہُند فکرٕ دُچھتھ سخ دِسے زِ آخرکہِ باپتھ رۄدِ یہ شخص سائنس بدنس منز صبحہ بیٚہتھ شام تام رِژٕ رُک تہٕ بزرُک ڈرگ بران؟ اگر یہ انسان سارِی ژکرِ وہی پھٹر اُدِتھ زِندٕ ہیکہ رۄزِتھ تہٕ سانہٕ موکھ کیازِ تھوٚوٚن وتہٕ کوٚن کرِتھ؟ مےٚ چھُنہٕ مشان سُہ منظر لیٚس مےٚ وُرہی یہ داد برونہہ کرتام وُچھمُت چھُ۔ سکول گرژھان وتہٕ بیٚہتھ تجوٕ

أکی ژئی أکس ہنگی سنزن لٹوکرین ٹھایہ ، تہٕ لڑکر لو منز ڈرا ے کھانھڑو ئی،
گیرؠ وئی اِنسان ہوؠ باسہ وئی کینٛہہ جاندار یمن أڈجن ہیٛژ گینٛبل مُسلے لوت
اوس ۔ کمو تام دپہوؠم گکھ چھے لو کٹین شُرؠ ن ژٹھتہ لوان، تہٕ ہیتہ چھ پہندی
اکھ تکھو ر پھرٹ أوکھتہ یمن انگہ ہین بناوان۔ بھائی چھسو تھوؠم ٹینٛچھ ٹینٛچہ کہتہ
بوزناوان ۔ مےٚ دِی زلو ٔانی ۔ مگر لتہ ہہ کرٕی وٕأسہ ....(دأرتہٕ اور چھیہ
وٕسِتھ ہیکان۔)

(ناکھس زنتہٕ وُکھٹھ چھُ گومُت۔

جیوتی چھے برس کُن پکن ہیوان۔)

ناتھ : (ٲنکہٕ ہٹہ) بینٛیہ پکھے جیوتی؟

جیوتی : (پوٗرٕ پرژھ سان) نہ ، یور ییتھ چھے مےٚ پننہٕ دنیا ہیچ دِ ے گرژھان۔
ژٕ پری نہ زن ۔ یہ پوٗز وُچھم ، تہٕ چھس بہ مشراوُن یژھان تہٕ بینٛیہ چھس
أنی یژھان سپدُن ۔ مےٚ چھ پننس مےٚ چھُ پننس أکھ دنیا ہس
منز زوُن ۔ .....(ہناہ کھٹھ کھتھ ) مرُن تہٕ ۔ ماجہ ڈیٚپی زلو میانہٕ طرفہٕ
سوآری ۔ تمس ڈیٚپی زلو یُتھنہٕ میٛون گرکاتھہر ییو۔ یہ زأنی لتہ یہ چھُ میون حکم۔

ناتھ : مگر چون لوسہ لون؟

جیوتی : (ترو ۂ شرٕ سان) مےٚ پنُن رژن چھُ ۔ بہ کیاہ مو نڈ چھساہ؟ اگر گرژھ تہٕ،
لوتہٕ یمہ نہ زانہہ تھندس برس ہیٛژ چھپنہٕ ۔ بہ چھس نہ جیوتی یدو ناتھ دیولالی گر
بہ چھس جیوتی ارون آٹھولے ، بہ چھس اکھ مہارانی ۔ دلت شبد چھس
نہ ورتاوان ۔ تکیازِ مےٚ چھُنہٕ یہ پسند ۔ بہ چھس نہ دِلت ۔ بہ چھس مہارانی ۔
یہ چھتا مہارانی آسان ۔ ترژھے چھس بتہٕ پالنس ۔ یُتھنہٕ مےٚ پھھکھہ ۔ میانہٕ

ژھاپہ تام گژھ دُور روزٕن۔ ورنہ ہیٚن میانہٕ الاوٕ ستی تھٕنٛز کھٕژ قدر ٔکرٕ ژھ!

جیوتی چھےٚ نیران۔

درواز چھُ ٹھس کٔرتھ دِنہٕ یوان۔

زنتہٕ گیہ ناتھ نہٕ دِلچ دُبرارے بنٛد۔

اتہٕ چھےٚ ژھوپہ ژھوٚوے گژھان۔

جیوتی پیاٚرٕ دژاپہ، ناتھ چھُ توٚرٕ کُن ہے بُنگہ گژھتھ وچھان

روزان۔

پٔس منظرس منٛز چھےٚ بٔیہ ہٕژ موسیقی وزان۔

یہ چھےٚ تیز تیز گژھتھ پریتھ پاسہ پھٲلان۔

بجن بجن عمارژن ہندِ وٕسیتھ گژھنچ آواز چھےٚ شروع گژھان۔

ناتھ نہٕ ڈیلگ گاش چھُ سوران۔

ناتھ چھُ گاش ژھاران برونہہ پیٚن لیکان۔

عمارژن ہندِ وٕسیتھ گژھنچ آواز چھےٚ تیزان

تہٕ دہشت پأدٕ کران۔

سٕے گاش چھُ بیٚیہ دزان تہٕ ژھٕوان۔

ناتھ چھُ گاشس تام واتان۔

سارےٚ عمارژ چھےٚ ڈٕہتھ گژھان۔

اٰخری گاش چھُ دزان تہٕ ژھٕوان، دزان تہٕ ژھٕوان۔

ناتھ چھُ کُرسیہ منٛز ژسان۔

ڈٕہتھ گژھنچ مہیب آواز چھےٚ وارےٚ ہُران۔

رٕسہ رٕسہ چھُ پردٕ پیوان۔

# سرس وتی سمان 1993ء

3. مارچ 1994ء شامَن نَوِ دِلہِ ہندِ سس فِکی آڈیٹوریمس منز منعقد سرس وتی سَمان چہِ پُرٕ وقار تقریبہِ منز پَرنہٕ آمُت خطبہٕ۔

# میٛون تخلیقی سفر

## وجے تینڈلکر

اڈنچ وٕہتہ رٹہٕ برونٹھہ وارِیاہ کال، تیوٗت زِ بیٚلہٕ یہٕ پننہٕ زٕلیوٚ اکھ لفظ تہٕ ڈٕنتھ اوٚسُس ہیٚکان ، اَمِس منٛز اکھ زٕھومب ہیٚنچھہِ۔ تہٕ زَن گوو اِنسان ہیٚکہِ ہوٚل بارٕ وُتلِتھ کیٚنہہ تہٕ حاصل کٔرِتھ۔ یُس لوٚ ہہٕ گژھِتھ ہوٚٹ لوٚڈاسُن تہٕ اکھ منٛز گژھہ کینٛژھاہ جار حیٚتھ تہٕ میلِتھ آسنہٕ یُتھ لگھ لو ہہٕ کُن ظوٚن دلُس پیٚٹھ مجبوٗر گژھن۔

کینہہ دوہ گژھن پتھ نیٚنہٕ وٕنِ بیاکھ پزر۔ یہٕ چھِ ضروٗری زِ تہٕ تُلو پژ ہتھ وِزِ کرٕ کہٕ ناد۔ یہٕ کٕتھ لوٚ دَوے ہمیشہ ثابتھ سپزٕ زِ لگن ہتھ یژھنہٕ نکِتھ تہٕ ہیٚکو ہٕتو شاباش تہٕ مرحبا لِتھ۔

منٛز ہیٚکہِ لوٚ ہہٕ کأنسہٕ تِتھس شخصس ستہٕ تہٕ گیٛڈ گژھتھ یُس تہنٛز ژھلبازی زانِتھ ہیٚکہِ۔ تِمہٕ ساتہٕ یوٚ دَوے لوٚ ہہٕ کیٚنہہ میلہٕ تہٕ نہٕ کیٚنہہ۔ بیلہٕ نہٕ کہنہ لوٚ تہٕ تھوٚلو پھیٚکس پیٚٹھ اتھہٕ دِتھ "یہٕ کوتاہ چالاکھ چھُ۔ کأژاہ پژ ایکٹِنگ چھُ کران"۔ تہٕ باضے چھُ اتھہٕ وَنُس ستہٕ یہٕ توان وَنہٕ زِ وُچھو یِمِس چھوٚپے زِ بیٚین ہنٛز خوشنودی کہتھ پأٹھو چھے میلان۔"

ییٚتھ کنۍ اُس یہٕ میاٚنۍ وٲنِس نَمہٕ سانہٕ یمن لفظن ہُند معنہٕ مفہوم زانیٚن، مگر یمنہٕ شخصیتہٕ چہٕ باوُژ ہُند وَل، ہیٚچھنہٕ برونٹھہ چھُ انسان چالاکھ ضرور بنان۔

سٮ۪ے گُزرٕلِس ہٕمہٕ سۭتۍ گیہِ میاٚنۍ یہِ چالاکی ہنٛز فطری صلاحیتھ ہُران۔ یہٕ وولُس ییٚتھ ییٚٹھ زٕرٕژھ کھنٛڈ محنتھ کرہٕ رُوٚس تہٕ ہینکہٕ امتحانس منٛز کامیابی حاصل سپدِتھ۔ اگر تہِ امتحان پاس چھُوکران، مول موج تہٕ چھُوٚنہٕ پریشان گران۔ تمہ چھُ صرف اُکس کہتھ ییٚٹھ ڈیان زِ ییٚن ہٕندی پاٹھۍ اٮ۪زٕ ولتہٕ ہِہ واریاہ نمبر۔

اکہِ پھِرِ سپُدیہٕ زِ، یہ چھُم نہٕ وارِ یاد کرِسپُد، میٚنتہٕ آو یہِ منس منٛز زِ پرٕن وُرن چھُنہٕ ضروری تہٕ امتحانس منٛز ہینکہٕ یَرہٕ ورٲے تہٕ اپور ترٕ ییٚتھ۔ یہٕ کتھ ذیہنس بیٚہنہٕ برونٹھے نِی مے تالیم اٮ۪نزٕراُوتھ۔ دپوِیہ زِ ۱۹۴۲ء چہ تحریکہِ ترٲو یزی اَمِہ کِس اندواتنس ییٚٹھ موہر۔

خاٲنچہِ موہرٕ ہُند مطلب چھُ سکول پرٛاٚیہ ہُنداند۔ یوسہٕ تالیم زِندگیہِ ہنٛز ہونر ہیٚچھناوان چھےٚ تمِنک سِلسلہٕ پوٚک برونٹھ کُن تہٕ۔ دپو تمیٚک شوق ہُریوو وارے۔

۱۹۴۷ء منٛز ییلہٕ آزادی میج، تمہِ پتہٕ رُودی وُرٕژھ وُرٕژھ واقا سپدان۔ اُتھی منٛز آیہِ ملکہِ کہن حالاتن منٛز حیٲرتناکھ رفتارٕ تبدیلیہ۔ باسیوو، کھوٚرُ و ٹلو گیہ زمین نیرِتھ۔ ییمہِ کہِ رٕژھرتھ روزنچ آش اُس تتہٕ لوٚگ تباہی چھپہ۔

یہٕ چھُنہٕ چھراہ سانہٕ مُلکُک المیہ، بلکہ کُل عالمُک۔ ییلہٕ قدرو بیتیمُ شہہ ترٛوو، انسانس ییٚتہٕ ییٚتہٕ رُوٚ بےٚ مانےٚ رَسمن ہنٛز ژھاےٚ لیکان۔ تہٕ ییٚتہٕ سپدِ یہ زرٕسمن تہٕ رِوو ہِنن ژوٚک تہٕ ییٚتھ کُن رُوٚداسہ ییتہِ زِ اُسی روزو مُسلن ہٕستۍ جنگ لڑان۔

اَسہٕ اوس تہٕ یہٕ تام تہٕ پیےٚ زمین مُسلن ہُند مقابلہ کہتھ پاٹھۍ ہیٚکہٕ سپدِتھ۔ امہِ پتہٕ

اَوسہٕ مرحلہٕ زٕ اَسہِ رٕٲو قدرن ہنٛدِ اخلاقیاتچ تہٕ پٲرۍ زان۔ قدرن آیہٕ دلیلن تہٕ داستانن ہنٛز شکل دِنہٕ تہٕ اخلاقیات روٗدی أسی حالاتن ستۍ جوران۔ یہ تہٕ اوس نہٕ سہل۔ تہٕ اَتھ منٛز تہٕ آسہٕ واریاہ قباحژ۔ تِتھ وژاو تَریہٕ نہٕ نقصان ییٚوٚ اَسی تُلن پیٚنن اعمالن تٲثیر ژھارنہٕ موکھ ہیٚکہٕ ہے نہٕ جد وجہدٕ روٗس کہیں اَندِ کھ۔ اَکہِ آیہٕ پیٚنہِ اَسہِ لواژُن کھاونہٕ خاطر واریاہ ژھومبہٕ تہٕ کرنہٕ۔

أسی تہٕ أسی اَڈٕ ژٕ ڈ جوان مردہٕ تہٕ اَسہِ منٛز گیہ کینٛہہ أتھی جدوجہدس منٛز واریاہ ہیوٚر کھسیتھ۔ یہٕ ژھس یمن لسلن ہنٛدٕ لو نمایندٕ ومنٛز اکھ۔ یِی وٕ چھان وٕ چھان ژھس یہ بڈان آمت۔ پُوز ہے بوزو مے چھے أتھی منٛز پننٛز وأنس گُذٲرمژ۔

یہ چھِنہٕ کتہٕ زِ یمن سالن نتبدیلین ستۍ کیاہ اوس اَسہٕ پیٚنٹھ پیٚنٹھی واتھ۔ موجودٕ کالس منٛز تہٕ سپدی واریاہ واقاتہٕ اَتھی زمانس چھے ژٕرا ہمیت۔

یٚتھ ہِن وارہن وٕرۍ ین منٛز چھِ استعماریتکۍ نقوش یوٚہے زنتہٕ وٕنلہِ منٛز آمتی ہیٚنہٕ۔ حکومژ روز ییوان تہٕ لُکن ہنٛز سوچن ترٲیہِ بدلیٚیہ۔ ذہنی مسلن تہٕ اوسی نہٕ کانٛہہ حل یا جواب، ڈلو سوال تہٕ آیہٕ حالاتن تہٕ پریشانین ہنٛدِس گُھرس منٛز ولنہٕ۔

وُنہٕ اوس یہ سلسلہِ لگٲنی زِ اَکہِ فلمہِ منٛز چارلی چیپلن ہنٛدِس کردارٕ ہنٛدی پٲٹھۍ روٗدی أسی پننٛز مسلہٕ اَنٛزراونہٕ بجایہ پتھ پتھ ہیوان۔ یہ اوس ساٲنی خام خیالی یا اَچھن ہنٛد دوکھہ زِ أسی چھ برٕ ونہہ برٕ ونہہ لگان ییٚلہِ زن أسی وٕدہ تل ڈیمبس وارے پھٹان أسی۔ اَسہِ اوس نہٕ پننہٕ منٛز لُک کانٛہہ پیٚی تہٕ آسہے کُنھ، ییٚلہِ نہٕ أسی سوسرایی أسی کران۔ تہٕ اَدٕ اوس اَسہِ کھوٚرٕ ژٕلی پتھرس رأسی گژھنے۔ یہ سوٗرے چھُ وٕ نکین تہٕ سپدان۔ تہٕ اَکھ چھُنہٕ

کاہنہ وو پایی اکھ لیوان۔

چارلی چیپلن چھُ پننو پلوو تہٕ حرکژو ستی پز بیٹھ کاٗلنہٕ دوکھ دِوان۔ سانہٕ پپر ہنٛز حالتھ تہٕ اَسی ہٕ بیون بیون کیٛہنہ۔ اسہٕ تہٕ چھُ مسلو لنشہٕ لوب ہنس منٛزے ہنٛن جانبر زُ دمُت۔ چیپلِن سُند واٹھ اوس کتہٕ کور اَکس سو کھ ساۄس دنیاہس ستی یتھ منز تس ہنٛس پر بیٹھ کُنہٕ سوالس جواب اوس میلان یِیلہ زن سانہٕ دورٕ کی حالاتھ زیادے کرہیٹٛھ چھِ۔ ووٚں گو واَسہٕ تہٕ پچھے پچلنس پیٹہٕ پیٹہٕ اکھ دور تراوُ مژ۔ تتھ کیاہ آسہٕ انجام تمیک چھُہٕ کانٛہہ پے۔ اَزٕ تہٕ چھ اسی مُژہٕ منزل زانہٕ روستے ڈوکرُ ڈوکرُ دِوان، مگر ونیکتام چھِنہٕ اَسی یہ تام انزراوِتھ ہنٛکی مِتی زٕ اَسی کور کُن چھ پکان۔

تِتھ چھواز اَکِس ہیتھ ہے شخص اعزاز بخشان لیُس وہٕ راۄس منز ہبہٕ آمژ پیپر ہُند نمایندٕ چھُ۔ میاٗنی لوسہٕ کاٗم سرسوتی سمانہٕ بابتھ زارہٕ چھے آمژ تمیک رشتہٕ چھُ اکھتوز مالنس تہٕ پپرِ ستی۔ یہ چھُہٕ کُنہٕ فتیچ یا کامرانی ہنٛز داستان بلکہ شِکستُک تہٕ ذہنی بے سمتی ہُند اعتراف۔ یہ چھے اکھ MALAISE یا داد چ تہٕ تمہٕ ہیٹھ وو تلیمہٕ کرنچ باوتھ ییمکو مؤل ییتھ کالہ کین سرزن منز چھ۔ اعزاز چھُ دِنہٕ یوان کینژن قدرن، فتح تہٕ سُرخرویی پراوُن والین، رزم گاہس منٛز زینکہٕ امارہٕ وَن والین تہٕ تہٕ لوٗرٕ زینتھ کارتھوٚد تلہتھ یکن والین۔ اَوے چھُس بہ یہ اعزاز قبول کرنس منز بدلے ذہنی کشمکشہٕ منز ہیہٕ آمُت۔

بہ چھُس راوان زٕ اماہ مِتے کیاہ چھِ تیتھ پرووُمت یتھ ہیٹھ مے یہ اعزاز دِنہٕ چھُ یوان! یہ چھُ یوٗز زِ یہ کینژ ہاہ مے پوٗرٕ مُت چھُ تہٕ یہ کینژ ہاہ پانس اندی یکھو لکن متعلق زوٚمت چھُم، تی چھُم لیٛکھتھ ینو مُت۔ مے چھُ تمن سارنے

ستی انصاف کورٗمُت ۔ تہٕ پننہٕ پپُہ چھُم نہ برٛم دِیتمُت ۔ مےٚ چھِنہٕ پننین ڈرامہن منٛز مختلف مسلہٕ تہٕ موضوع لوٚ زرٛ اوٚتھٕ پیش کرٕی متی ۔ حالانکہ ڈرامہکہٕ وسیلہٕ اوس میانہٕ خاطرٕ یہ کرُن سیٹھاہ سہل ۔ کنہٕ کنہٕ چھِ میانوٚ ڈرامہواندی پکھی معاشرٕ اُلراُوٕتھ تھوٚومُت ۔ تہٕ تمہٕ باپتھ آو مےٚ سزا تہٕ دِنہٕ ۔ یہ گوس پننس زوٚس گندتھ پریتھ کینہہ زالان ، مگر لیکھنک جرم کرنس پیٹھ اُنگُم نہ زانہہ تہٕ کانسہٕ مأفی ۔ یہ تہٕ روٚدُس پننہٕ کتھہ پیٹھ ڈٹھتھ تکیازِ یہ چھُ میون پرُون عادتھ زِ ییمہٕ لنشہٕ مےٚ مٹاکھ چھُ یوان کرنہٕ ، یہ چھُس تی کران ۔

یہ کینژھاہ یہ لیکھتھ گوس ، تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ ہیکہٕ ہا نہ لیکھتھ تہٕ تکیازِ میانہٕ قلمہ دژاوتی یہ میانوٚ اچھو دچھ تہٕ ادیب آسنہٕ کنہٕ چھُم نہ تہٕ لیکھنچ کانہہ صلاحیتھ یہ نہ یہ وُچھتھ ہیکہٕ ۔

یہ گوس نہ کُنہ مقصدس یا فرضس ستی وفادأری آسنہٕ کنہٕ زانہہ تہٕ مجبور ۔ میانہٕ لیکھنک اوس اکوے سبب تہٕ زن گوو لیکھنچ کل یا تخلیقی خلش ۔ اَتھ یہ کینژھاہ تہٕ تُھی ناو دِیوٗ تہٕ پزر چھُ یہ زِ یہ ہیکہٕ ہا نہ لیکھنہٕ روٚس ۔ بیٚیہ کانہہ کارگرٕتھ تہٕ ۔ یوٚدوَے تہٕ بُنٛھتہٕ ہینکہٕ ہے ، از آسہ ہا یہ کانہہ مصوّر ، موسیقار ، چارٹرڈ اکاوٗنٹنٹ یا انتظامی امورن ہُنٛد ماہر ۔ مےٚ چھُ اکہٕ نہٕ بیٚیہ ژنگی یمن سارنٕی گُکن ہُنٛد ازروٗن ۔

ادیب بنُن اوس مےٚ زنتہٕ لأنس لیکھتھ تہٕ یہ کیاہ چھُس لیکھان تہٕ کتھہٕ پاٹھو چھُس لیکھان ، تتہٕ چھُ میانہٕ لانیک حصہٕ ۔ نتہٕ زن چھُنہٕ مےٚ بوزنٕی لگان زِ ییلہٕ مےٚ ڈرامہ لِگاری ہنٛز گوڈنِچ کوشش منٛز ناکامی سپز ، مےٚ ہے فأصلہٕ کریوٚ وزِ اتھ کامہٕ منٛز ژھٕنہٕ نہ یہ زانہہ تہٕ دوبارٕ اتھ ۔ یتہٕ کتھہٕ پاٹھو روٚدس یہ ڈرامہ لیکھان ۔ میانس اکس ڈرامہس کرٕی لوکو پزنہٕ پیٹھی تأریف ۔ ییمہ کنہٕ یہ اَکس ذہنی تناوس منٛز ہینہٕ آس ۔ تمہٕ پتہٕ لیوٚکھم بیاکھ ڈرامہ ییمو زنتہٕ ٹُلرِ گنس زبر دژ ۔

قسمتس ہِتی ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ لڑٕتھ۔ اَتھی سٕتی گژھہ بہٕ اکہِ واقعچ ذکر کرٕتھ۔ اَمہِ ڈرامہن ییٚتھ پیٚٹھ تِہندی منٛے از سرسوتی سمان چھو بخشان، کوٗرِس بہٕ اکہِ دۄہ ہہ سٕنٛج ذلیل یپٚلہِ منٛے کمیٚ تام پنٕنۍ چیٖز لٲے۔ شایداوس امہِ ڈرامہکس قسمتس ازٕ ٹیٚک یہِ اعزاز یتہِ سو چیٖز دۄلوٗے لیکھتھ تہٕ بہٕ چھُس امہِ ڈرامہٕک خالق آسنہٕ کنۍ قدردانی ہندین یمن دۄ شونی اندازن احترام کران۔

کینٛژن نقادن ہُند خیال چھُ زِ وُنہٕ آسن نہٕ منٛے یہِ اعزاز رٹنٕچ واٲنس۔ تِہند نقطہ نظر چھُ یہِ زِ یہِ موٗلل اعزاز پراونہٕ موکھہٕ پزٕہن منٛے زندگیہِ ہنٛز بیٚنیہِ تہٕ کینٛہہ وہرٕ اَژھ چھاوہٕ ہِکیازِ یہِ اعزاز چھُ ہمتےٚ کیٚنٛژھ یمن جوٲنی سورمیژ آسہِ۔

میون تخلیقی جذبہ چھُنہٕ وُنہٕ تریٚومُت۔ ییٚلہِ ییٚلہِ بہٕ پانس اَندی ہکھ نظراہ چھُس تراوان، منٛے چھُ ازتہٕ لیکھنٕک وُٹش میلان۔ منٛے چھُنہٕ وُنہٕ نٹنٕ لارمیژ یا اَچھن گاش گومُت زِ بہٕ کیاہ ہیٚکہِ نہٕ ییٚتہِ پٲر لیکھتھ۔ اَوٕکنۍ چھُسو بہٕ یہِ وٗنتھ تھاوان زِ یہِ اعزاز رٹِتھ تہٕ روزٕ وۄ بہٕ لیکھان۔

پوٗتُس چھُس بہٕ تۄہہ سٕتی اکھ خیال باگراوان یژھان۔ برقی ابلاغی ذریعین ہنٛز رفتار ترقی یتہِ امچہِ عوامی مقبولیژ چھ واریاہ لوکھ تشویشس منٛز ترٲوی متی۔ تِہند وَنُن چھُ زِ یِمہِ ہِتھس ماحولس منٛز چھُنہٕ ادبس تہٕ آرٹس کانٛہہ پوشن پایے۔ مگر منٛے چھُ یی بوزن لگان زِ یان زانہہ موکھہٕ یتہِ پننہِ شخصیتہِ کہ اظہار بایہتھ چھےٚ یژھتھ اِلنسانس پزٕتھ یوہ سہ اِلنسانس ہمیشہٕ زبانی تہٕ ادبس کُن بےٚ شوق تھاوِ پاٹھی لمان روزٕ۔ یم دۄ شوٗے چیٖز روزن مستقبلس منٛز بدلان، مگر علم پراونٕچ یتہٕ اکھ باوتھ دِنٕچ کل روزِ دۄہ ہے یتھیٖن کھٕرین الپر تران۔

ییٚنہٕ والین دۄہن روزِ وجود کس ازلی جنگس منٛز پننو کینٛژ وجلژ وتہِ خصوصیژو

لِنشہِ دور ژلان تہٕ پہٕ جدوجہد روزِ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ زیادٕ زیادٕ سنگین سپدان۔
اکوٗہمہٕ صدی ہندِس النسانہٕ سُند عکس، ہیکو أسی چیلنس منز، یمی سٕنزن تمن اَسنس
لایق حرکژن منز وُچھنہٕ یہٕ ہیکو وُچھتھ مکی ماوس ہندِس ناقابلِ تسخیر جرأتس)
تہٕ شجاعتس منز۔

ادیب نہ چھُ کانٛہہ ماہرِ سماجیات تہٕ نہ کانٛہہ ستارٕ شناس۔ سُہ چھُنہٕ ریاضی
ہنر بنیاد بیٹھ تہٕ مَسلن ہُند حل ژھاران۔ سُہ چھ حرف وچھان تہٕ ژیٖشان
آسان تہٕ ییٚمہٕ یُس چھُ لتس بےٚ سوہ کھد تھوان ______ اِضطرابچ سوے کیفیت
چھےٚ اَز تہٕ مےٚ بیٹھ طأری۔

# وِجے تینڈلکر

وِجے تینڈلکر چھ مراٹھی زبانہِ ہندِ بن صفِ اول کین ڈرامہ نگارن منز شمار۔ تمس چھ جدید ہندوستٲنی ڈراماکس تواریخس منز بسیار اہم مرتبہ۔ تمو چھ مختصر افسانہٕ، ناول، فیچر، اوک انگی ڈراما، شُرین ہندی ڈرامہ، ٹی وی سیریل تہٕ دارِہن فلمن ہندی سکرپٹ تہٕ مکالمہ تہٕ لیکھی متی۔ تینڈلکرس چھ پننہٕ عظیم تخلیقی کامہ پیٹھ وارِیاہ قومی سنٛبتر کی انعام تہٕ اعزاز ترٛاوِ متی۔ یمن منز چھ بالترتیب مہاراشٹر اسٹیٹ ایوارڈ، کملا دیوی چٹوپادھیائے ایوارڈ، سنگیت ناٹک اکادمی ایوارڈ، نیشنل بیسٹ فلم ایوارڈ، فلم فیئر ایوارڈ، پدم بھوشن تہٕ سرسوتی سمان خاص کرِتھ ناوہٕ ہیٚنس لایق ــــــ سرسوتی سمان چھُ تمن 'کنیا دان' چہ تخلیقہ پیٹھ برلا فاونڈیشن کہ طرفہٕ ۱۹۹۳ء یس منز عطا کرنہٕ آمُت۔

# شفیع شوق

شفیع شوق (۱۹۵۰ء ـــ) چھِ کٲشُر زبانہِ ہند شاعر تہٕ نقاد۔ سُہ چھُ کٲشرِ علاوہ انگریزی، اردو تہٕ ہندی زبانن منز تہٕ لیکھان۔ از تام چھےٚ تمہٕ سنز اکہ درجن ہیٚنٛٹی کتابہٕ شایع سپزمژٕ۔ تمو چھ وارِیاہ افسانہٕ، ٹی وی سیریل تہٕ ڈاکومینٹری فلم سکرپٹ تہٕ لیکھی متی۔ تمو کوٚر انگریزیس منز ایم اے تہٕ پی ایچ ڈی۔ کشمیر یونیورسٹی پیٹھہٕ تہٕ تتی چھُ پروفیسر۔

'کنیا دان' کِس کٲشر ترجمہ چھ اصل مراٹھی ڈرامہ کہ سماجی تہٕ ثقافتی پوٚت منظر برقرار تھاوتھ تہٕ کٲشر زبانہِ ہندِس فطری وَرتاوس نکھہٕ۔ وِجے تینڈلکرن چھےٚ شفیع شوق سُنٛد یَتھ کٲشرِس ترجمس پانہٕ تہٕ نظر دِژمژ تہٕ امہٕ ترجمہ کارس کینٛہہ مفید مشورہ تہٕ دِتی متی۔



ISBN 61-87581-01-6

پین پروڈکشنز
حضرتبل، نسیم باغ، سرینگر (کشمیر) ۱۹۰۰۰۶